کتابہِ ہُند ناو : اَچھرا چھر سوٲلی

مصنف : ولی محمد خوشباشؔ

چھپن وٕری : ۲۰۱۸ء

مول : ۵۰۰ روپیہ

کمپیوٹر کمپوزنگ : الحسینؔ پرنٹرس واتھورہ
9419501129

سرورق ڈیزائن : الحسینؔ پرنٹرس واتھورہ

پروف ریڈر : مرتضٰی خوشباشؔ

کتاب میلنگ پتاہ :

☆ کوہِ ماران پبلکیشنز چاڑورہ

☆ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر

یہِ کتاب چھاپ کرنس منز کوٚر مے ریاستی کلچرل اکاڈمی مالی امداد۔ یمہِ باپتھ بہٕ لمہِ اداٸرک مشکور چھس۔ کتابہِ منز چھاپ سپدی متہِ کُلہم مواٸدک ذمہٕ وار چھُس بہٕ پانے۔

# فہرست

# سرنامہ

یہِ چھےٚ میأنۍ گوڈنچ شعر سومبرن۔ اکثر أسۍ یار دوست وناں زِ پننۍ شعر سوٚمبرن چھاپ سہ اماپوٚز بہِ اوسُس نہٕ ذأتی طوراہِ باپتھ تیارِ ے گژھان۔ امیُک اکھ بوٚڈ وجہ اوس زِ بہٕ چھُس شأعری گاہے بہ گاہے لیکھان تہٕ نثر لیکھنس کُن چھم ہنا زیادے پہن دِلچسپی روزان۔ الحمدللہ بہٕ چھُس کُنہِ کُنہِ وِز کہانی تہِ لیکھان تہٕ ڈرامہ تہِ۔ ٹیلی وجنہٕ باپتھ چھِم کینہہ سیریل تہِ لیکھی مِتۍ اتھ ستۍ ستۍ چھُس دستاویزی فلمہٕ تہِ تہٕ تحقیقی مضمون تہِ لیکھان۔ ذأتی طور چھُ میون خیال زِ شأعر بنُن چھُ سیٹھاہ مشکل۔

یہِ کتھ چھےٚ مسلمہ زِ ادب چھُ زندگی ہُنْد تعبیر تہٕ مفکرن ہُنْد وَنُن چھُ زِ شأعری چھےٚ زندگی ہُنْد شعری تعبیر۔ زندگی ہنْدِس شعری تعبیرس منٛز چھُ احساس تہٕ تخیُلس امتیأزی حثیت حأصل۔ انسان ییٚلہِ زندگی ہنْدِ بن مختلف مرحلن پیٹھ مُختلف رنگن منٛز رنگنہٕ یوان چھُ۔ توہنْد سوچ تہٕ توہنْد اپیٚروچ توہنْد وِہار تہٕ تُہنْدۍ تجربہٕ چھِ مختلف

رنگ رٹان۔ یِم تجربہٕ ییٚلہِ پتہٕ کاغذس پیٹھ لفظن ہُنٛد آکار رٹان چھِ۔ اُتی چھِ گاہے غزل، گاہے نظم، گاہے رباعی تہٕ گاہے کہانی بارسس یوان۔

اکھ مشہور فارسی قول چھُ زِ ''نقاش نقش ثانی بہتر کشد زِ اول'' امیُک صاف تہٕ واضح مطلب چھُ یہِ زِ پرٛتھ کانٛہہ فنکار چھُ پنُن فن پارٕ پتہ کالہِ کینٛہہ بارسس آمتین فن پارن مقابلہٕ زیادٕ جان تہٕ معیأری پیش کرنچ کوشش کران۔ اَز یُک فنکار یا شاعر چھُ پننین پیش رون ہنٛدِ ژانگہِ ستی ژونگ زالان مگر تِہنٛز کوشش چھِ روزان زِ سہ کرِ ہے پننہٕ ژانگہِ ستی تیٚتھ تیز گاش فراہم ییٚمہِ ستی اوٚنٛد پوٚکھ زیادے پھِن گَہہ تراوِہے۔ بہٕ تہِ چھُس امی کتھِ ہُنٛد قأیِل تہٕ میأنی کوشش تہٕ چھِ امی انمانہٕ تِم شعروٕنی تہٕ لیکھٕنی ییموٕ ستی پرن والین تہٕ بوزن والین ہُنٛدی دِل رٔژناوِنہٕ ییہِ ہن تہٕ تِہنٛدین احساساتن تہٕ جذباتن زیر لِگِتھ قلب ونظر کینٛہہ حدن منٛز بصیرژکی تہٕ بصارژکی اُتھِ رٛوسی ژٲنگی روشن سپدِہن۔ مے چھِ ووٚمید زِ میأنی یہِ کوشش سپدِ بارآور ثابت تہٕ توہہِ کھسہِ میأنی یہِ کوشش ٹارِ۔

پننی کتھ انٛد واتناونہٕ بروٚنٛہہ چھُس بہٕ تِمن بزرگن تہٕ دوستن شکریہ ادا کرُن یژھان ییمو میأنی شاعری بوزِتھ مے وزِ وزِ حوصلہٕ

افزأیی کرِتھ خلوص ہۆو۔

ئہ چھس تِمن سارِنۍ ناماوار فنکارن خاص طور وحید جیلانی اسد انجُم، شازیہ بشیر، الطاف ساحل سُنْد شُکر گذار یِمو میانین اکثر بأتن پننۍ میٹھ آواز دِژھ تہٕ تِم لُکن تام واتنأوی۔ شاید گوٚژھِ نا اِنصأفی اگر نہٕ بہٕ پنٕنس دوست محمد امین صأبُن شکریہ ادا کرٕ تیمی ہمیشہِ میأنۍ بأتھ سبٹھۍ دِلچسپی سان صدا بند (Record) کرِی تہٕ عام لُکن تام واتنأوی۔

ئہ چھس پنٕنین بچن سمیر حسیٚن تہٕ مرتضٰی خوشباشن تہِ شکرگذار تِکیازِ تِم رُوٗدی ہمیشہِ میانین بأتن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ بہتر تہٕ مانہِ سأوی بناونہٕ باپتھ مےٚ ہمیشہِ پٔنُن مشورٕ آپہِ تن تھوان۔

محمد حسین صأبُن چھس بہٕ خاص طور شکر گذار تِکیازِ تِمو یوسہٕ محنت تہٕ یُس خلوص یِمہِ کیابہِ ہنٛزِ کمپوزنگ کرنس منٛز ہأوسو مشہِ نہٕ مےٚ زانٛہہ۔

ولی محمد خوشباش

جنوری ۲۰۱۷ء

# آے لگٕنے اَتھ خوشباشی

موجوٗدٕ دورس منٛز چھِ کاشُر زبانۍ ہنٛدِس ادبی دُنیا ہس منٛز بسیار نفر یِم پزِس معنیس منٛز شاعری ہنٛدِس ناوس پیٹھ مجموعن ہنٛدی مجموعہ شایع کٔرِتھ پننہٕ شاعر آسنٕک ژھوٗرٕ ٹاوٹاو کران چھِ۔ مگر کینٛہہ نفر چھِ تِم یِم پزی پأٹھی شاعر چھِ۔ اماپوز پنٛن کلام منٛز مارکس تراونس کھورٕ پیٹھ مُران چھِ۔ میوٚن دوس ؤلی محمد خوشباش چھُ تِتھوٕے منوشومنٛز یُس موجوٗدٕ کاشُرِ زبانۍ تہٕ ادبک اکھ ہرفن مولا قلم کار چھُ۔ پننہٕ شاعر آسنٕک ہوٗل باروٹھلنہٕ ورأیی وأتی خوش باشس کینٛہہ وٚہلی شاعری کران۔ سُہ چھُ اکھ میوٚٹھ تہٕ مٔوٹھیل شاعر یُس خاموش پأٹھی پننین رنگہٕ رتین تخلیقی تجربن ثٕرے دِنہٕ ورأیی اظہار بخشان چھُ۔ ادبی ہنگامہٕ آرأیی تہٕ خود نُمأیی رٔنش لوٚب روزنہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ خوشباشن کاشُرِ زبانۍ ہنٛدی کتی ادب نوازتہٕ گوہر سنج لٔوکھ پانس کُن متوجہ کٔری متی۔ یِہ شاعری چھےٚ کاشُرِ شاعری ہنٛد بن بسیار شیدأیی ین محفوظ کران۔ ؤلی محمد خوشباش چھُ موجوٗدٕ دورچہِ کاشُرِ زبانۍ ہُنٛد اکھ ہرفن مولا أدیب تہٕ

لکھأری۔ اکھ ترجمہٕ کار تہٕ نثر نگار آسنس ہتی ہتی چھُ خوش باش اکھ دِلکش شأعر تہِ۔ أمنز بیشتر شأعری چھےٚ ساز تہٕ موسیقی ہنٛدی جامہٕ پرٛتھ عوامس تام واتۍمژ تہٕ کہیا کأشرِ بن ہنزِ دِلہٕ دُبرائے بنیمژ۔
خوش باشن ہنٛدِ کلامُک موضوع چھِ رنگارنگ۔ یمن منز زندگی ہُنٛد کرٛچھر، وۄتھۍ دکہٕ دول، زندگی ہنز اسرار ریت، بیترِ تہِ شأمل چھِ۔ تِمو چھِ نعت لیکھۍمتۍ تہٕ لیلایہ تہِ۔ یہ کتھ چھےٚ ہاوان زِ تس چھُ شأعرانہٕ ہونرِ پیٹھ پۆرٕ پۆرٕ دسترس۔ خوشباشن چھُ غزل تہِ لکھان تہٕ نظم تہِ تہٕ وژُن تہِ۔ اما پو زأہنٛدس کلامس منز چھُ غزلُک بوگ ژۄ رُے پہن۔ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ بن کینٛہن نقادن ہنز رائے چھےٚ زِ غزل شأعری چھےٚ نہٕ أزی کس وُژھِ سان بدلوٚنس ماحولس موأفِق روٗزمژ۔ تکیازِ نوِ زندگی ہنٛد بن نوینہٕ تجربن تہٕ احساس زیوٚدِ نس منز چھےٚ اژ صنفی حد بندی بقولہِ تہنٛدِ اکھ روٗٹ بنان۔ مگر از تہِ چھِ سانہٕ زبأنی منز تِتھۍ کینٛہہ شأعر یمن ہنزِ شأعرانہٕ شخصیژ شناخت تِمن ہنزِ غزل گویی ہنٛدٕ وسیلے چھےٚ۔ یمن منز چھِ تِم کینٛہہ شأعر تہٕ شأمِل یمن ہُنٛد تعلق کأشرِ بن شأعرن ہنٛدِس تتھ کاروانس ہتی چھُ یُس رفیق راز تہٕ شفیع شوق ہوبن شأعرن پتہٕ بارسس آو۔ امی کاروانُک ہم سفر چھُ خوشباش تہِ۔ ووٚنۍ گوٚوسہٕ چھُ اتھ کاروانس ہتی آسنہٕ باوجوٗد تہِ پننہِ انداز پننۍ شعرٕ تجربہ باوان۔ تس

پتھ ہمکونہٕ کاشُرِ کوہنہٕ مشقہٕ ہنٛدِ تقلیدٕ چ ہانٛوہے لا۔ گتھ تہٕ نہ کاشُرِ ہنٛزِ آوازِ ہتی آواز رلاونچ۔ خوشباشن چھُ پننہٕ اظہارُک اتھ پانے کوٚڈُمت۔ موجودٕ دورچہٕ کاشرِ شاعری منٛز چھِ بیشتر شاعر تِم یمو جدید دورٕکی قداوار شاعرٕ پننہٕ رول ماڈل بناوِتھ شاعری کرٕنی لاج۔ کاشُرِ کُر رحمان راہی یَس تقلید کرٕنچ کوشش تہٕ کاشُرِ امین کاملس۔ تقلیدی دورٕ منٛزی گذرنہٕ پتے کوٚر تِمو منٛزٕ کینٛہو وپُن مخصوص اندازِ بیان حاصل، اما پوز کینٛہہ چھِ وُنہٕ تہٕ کوہنہٕ مشقن ہنٛدی وتہٕ پٔدی مانڈان۔ اتھ برعکس چھُ خوشباشن سُند شعرِ سفر تِتھِ تقلیدی دورٕ نِش مچھِ رودمُت۔ وونی گوٚ وامہِ باوجود تِرٛو ونہٕ تِمی پننہِ شعرِ روایتک دامانہٕ۔ سُہ چھُ پننہٕ ادبی روایتچین حدن منٛز رُوزِتھے پننین تجربن اظہار بخشان۔ مگر تِتھِ پاٹھی زِیمن تجربن چھِ ساددرواری تہٕ تازگی ہنٛز خصوصیو وتلیمہٕ۔ مثلاً:

ینہٕ پرانین یادن پھیرِ زانٛہہ دِکھ
ینہٕ خابن منٛز زانٛہہ کالی ژٕ پکھ
اِدٕ ہنہٕ زخمن آکھ بلن
گُل پھولی نے دِلہٕ کینٛن ارمانن

......☆......

یامَتھ سپُن ییٚتہِ خمہٕ زن بہار لنجن پیٹھ
پوشپر گلابن گریہِ کران گلو زٕ گنڈتھ روٗد

یوٚ دوے یمن دوٗشوٗنی مثالن سنویہِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ سپدان زِ وژنچ روایتی ہیت ورتاونہٕ باوجوٗد چھُ خوشباش سُند ایر وچ نوہنہٕ تہٕ وکھرٕ ۔ عام وژنی شاعری منز یوس ہجرتہٕ وصلس أندی أندی نژان چھےٚ ،چھُ شاعر پتھ کالی یادن ہنٛدِس دنی یا ہس منزٕ ے راوونک ہمسوسہٕ وبتراوان۔ مگر ییٚتہِ چھُ صوٗرتحال اتھ برعکس۔نہٕ چھُ یہِ شعرٕ کردار یادن ہنٛدِس اُنہٕ خانس منز اژنس موٚت تہٕ نہٕ خأبی دٕنی یا ہس منز زوٗنس ۔ بلکہ چھُ سہ اتھ برعکس یہِ سوٗرے مُشراونک پکھی در۔ حقیقت تہِ چھےٚ یی زِ وق چھُ پر بتھ جذباتی چھوکس مرہم کران۔تہٕ یہِ چھُ انسأنی نفسیأتک خاصہٕ۔ دوٗیم شعر چھُ امہِ کھوتہٕ زو دار تہٕ زوردار۔ بہارُک یُن چھُ الہٕ پلہٕ بیشتر شاعری منز اکھ فرحت بخش خوش یِوُن عمل۔ مگر یتھ شعرس منز ییٚمہِ انداز بہارٕ خمہٕ زَن سپدان چھُ سہ چھُ بہار چہِ خصلوٗتہٕ تمہِ تصوٗرٕ تہٕ تصویرٕ نش ڈٕلتھ یہِ زن أسی بیشتر پأٹھی شاعری منز وُچھان چھِ ۔خمہٕ زن" ورتاون چھےٚ بہار چہِ تصویر کأری بدل آیہِ کرٕمو ۔تہٕ امیُک یہِ کینٛژھا نتیجہ نیران چھُ سہ چھُ دوٗیمس مصرس منز ٹاکارٕ ۔شعر یوٗ زِتھ یاپرٕتھ چھِ مختلف سوالہٕ ذیہنس

گتہٕ گیوٚر کران۔ یتھ پأٹھی چھُ نہٕ یہٕ شعر محض محضوظ کران بلکہِ چھُ اکھ منظر دید مانہٕ اُنتھ اتھ پیٹھ سوچناوان تہِ۔ یتھی ہوی شعرٕ اظہار چھِ یہِ کتھ نیشناوان زِ خوشباش سنٛزِ شاعری پیٹھ ہرگاہ گوڈٕ نظرِ رِوایتی آسنُک برونت سپدِ تھ ہیکہِ مگر ہنا ژٕیتھ دِتھ چھُ باوٕ ژھنُد نو یرتہٕ زندگی نسبت تُسند وِکھرٕ اپٕر وچ سون زون آواراوان۔ زبأنی لحاظٕ ہرگاہ وُچھو تُسند اندازِ بیان چھُ نہٕ پُر تکلف تہٕ نہ پُر احتجاج۔ خوشباش چھُ زانان زِ اوٚش ترٛاونہٕ کھوتہٕ چھُ وٕش ترٛاوُن بہتر تہٕ آسن کھنگالہٕ کھوتہٕ چھُ ووٚٹھ کمجارٕ ے جان تہٕ پُر اثر۔ تَس چھےٚ نہٕ پیچیدٕ بیأنی منٛزراوٕنچ کل تہٕ نہ لفظی گُجدٕ گری ہنٛز ترٛ اے۔ از کل کَس دورس منٛز تہٕ خاص پأٹھی جدید دورٕ پیٹھے گیہِ وار یا شاعر جدید نہجہِ ہنٛدِ زیرِ اثر تہٕ جدید باس دِنہٕ کہِ مارٕ متہِ پیچیدٕ تہٕ ناسہٕ ترٛاسہٕ اندازِ بیا نکی شکار تہٕ کیژون نش بنیو وِیتھ ہیوٚ اندازِ بیان محض فیشن۔ مگر خوشباش روٚد گوڈٕ پیٹھے سادٕ بیأنی لور تہٕ امی ذریعہِ روٚد پننین محسوساتن زبو بخشان۔ سادٕ بیأنی ہنٛدِ وسیلے چھُ سُہ پننین شعرن منٛز تم صوٗرتحال درٛ پیٹھمان انان زِ یم کانسہِ تہِ متأثر کٕرتھ ہیکن۔ یتھی شعر چھِ بیک وقت بوزن وألی سنٛدِ بن مختلف حبسن آوراوان۔ وُچھتو کتھٕ پأٹھی چھےٚ یتھ شعرس منٛز اکھ احساس ٹھوس پأٹھی شکلاوٕنچ کوشش کرنہٕ آمٕژ۔ مثلاً:

مُتۍ کٔرۍ مے تاپہٕ تنبگلن پٔدۍ آکھ میأنۍ وُچھ
پننبن چھُ میون تیلان پردبن حوالہٕ کوٚرنس

خوشباشؔ چھُ لمحأتی سو کھُک دو کھُک شأعر۔ تسندۍ یم شعرٕ تجربہٕ پرٕتھ ہسبکہٕ کانٛہہ تہِ ادب شناس سو میٹھ تہٕ سوزٕسوزٕ دگ محسوس کٔرِتھ یوس خوش باش پانہٕ وبتر اوان چھُ۔ دپان ساری کھوتہٕ میٹھ شأعری چھےٚ سوے یتھ منٛز دردناکھ واقعن ہنٛز باوتھ آسہِ۔ خوشباشنۍ یم شعرٕ باوٕژتہِ چھےٚ خوشبأشی ہنٛدبن اظہأرۍ پیمانن منٛز تہٕ یوسہٕ بوزن والبن تہِ پھرس برفوس خوشی تہٕ سرمستی ہنٛدِس احساس زاینٛ دِوان چھےٚ۔ یتھ ستۍ اکہِ پُرسوز دگہِ ہنٛز اٰڈرن تہِ آسان چھےٚ مثلاً:

نہ اوسُم یار، نے ہمراز کانٛہہ ییٚتہِ وأتسہٕ سفرس منٛز
مگر سأری خطاڈیشم مےٚ اٰخر پأنۍ پانس منٛز

خوشباشؔ سنٛزِ شأعری ہُنٛد وصف چھُ زِ اور یورز مانٛگ ژوٗک موٚ دُر ڈینِشتھ تہِ چھُ چھیکرس پانٛسے کُن واتان تہٕ کأتسہِ راہ کھالنہٕ بجایہٕ پننی ناچارگی ہنٛز کتھ کران۔ سہٕ چھُ پانے پننہِ شأعری ہُنٛد محور تہِ تہٕ مرکز تہِ۔ سہٕ چھُ پانس اٰندۍ یکہٕ ژرژان تہٕ شانکان۔ مگر پننی ذاتہٕ کہِ آنکہٕ۔ تیمہِ کِنۍ اٰہنٛزِ شأعری منٛز اکہِ مخصوص آیک اٰندرٕکۍ وٗن محسوس سپدان چھُ۔ یوہے اٰندرٕکۍ وٗن چھُس حیات تہٕ کائینات

کٔمن تِمن بُنیأدی نوکتن متلق تہٕ سوچناوان یم پتہٕ وتہٕ پیٹھ پرٕبتھ کامیاب تخلیقارٕ ہنٛدِ باپتھ توجہکۍ مرکز بنیمتۍ چھِ۔ مثلاً:

دۄ پُتھ آسُن تہٕ ہاوے دم ژٕ سمبلاو
وُچھم ہرشایہِ منٛز آکار چوٗنے
حیاتکۍ نغمہٕ وُزنأوِتھ زمانس
چھُ تحریرن اندر تفسیر چوٗنے

خوشباشؔ سنٛز شأعری ہُنٛد جان بوگ چھُ ''نعت'' شأعری پیٹھ مشتمل۔ موجودٕ دورُک خالے کانٛہہ شأعر آسِہ سُہ تیمۍ نہٕ نعت گوئی منٛز قلم آزمأیی کٔرمٕژ آسہِ۔ نعتیہ کلام چھُ خوشباشؔ سنٛز شأعری منٛز تہِ شأمل۔ یمن عقیدُک وُشنیر تہِ جذبن ہنٛز شدت۔ تہٕ ہتۍ عأجزی تہٕ انکسأری تہِ ٹاکارٕ پأٹھۍ نمایاں سپدان چھےٚ۔

اُہنٛزِ شأعری ہنٛز اہم خوبی چھےٚ اتھ مُدٕرلے۔ مگر یہِ چھےٚ نہٕ ژٕھرٕ ے موسیقیت روزان یوسہٕ پرن والین جذباتن ہنٛزٕ گتہ ہتۍ محض ڈٕہتھ نیہِ۔ بلکہ چھےٚ خیالس تہٕ موسیقی باہم اکھ منہٕ پۄہم آہنگی۔ اتہِ زنتہٕ لفظس لفظس موسیقی چھنان چھےٚ۔ سُہ چھُ شعرس منٛز تم ژھل تہٕ وَل ورتاوان یموٚ ستۍ اتھ منٛز توٚژرأتی کُشادگی یوان چھےٚ۔ مثلن:

تس تہٕ ما دوٗر بر چھُ زالان میٲنی پاٲٹھی
تس تہٕ ما خط لیکھنچ کل میٲنی پاٲٹھی
ۄنی دِوان ما میٲنی پاٲٹھین ہر صبا
تمہٕ شہر پھیرِتھ کرِژ آمُت اے ہوا

یتھ شعرس منز یِمہٕ دوے شعرِ کردار پنُن گدرُن حال پیش کران چھُ اماپۆز تو تہٕ چھےٚ نہٕ باوتھ برارہٕ راست۔ بلکہٕ چھُ بیٚیس أکس شعرِ کردارِ سندِ ذٔسی یہٕ سوٗرے کرب پیش کرنہٕ آمُت۔ شاعر چھُ بے قراری ہنزِ حالُومنز تہٕ پننی یہٕ بے قراری چھُ سہٕ ''ہوہس'' منز وُچھان۔ مگر لفظ ''تس'' چھُ اتھ یمن دون شعرِ کردارن نِش تہٕ دوٗر رتھ أکس ترٕیمس کردارس تام واتناوان یُس بظاہر غاٸیب چھُ مگر غاٸب آسنہٕ باوجوٗد چھِ أسی تسنزِ بے چینی ہُند اندازٕ تہٕ لگاوِتھ ہیکان۔ یتھ منز چھُ اکی منظرٕ ستی مختلف کردارن ہنٛد صورتحال باونہٕ آمُت۔ خوشباش سٕنز کینٛہہ تخلیقہٕ پرٕتھ گژھِ تو ہہٕ محسوس زِ سہٕ چھُ پرٕتھ ساتہٕ پننِس ذاتہٕ کس حصارس منزٕ نیرِتھ پننہٕ ووندٕ باغک گُل گشت کرنس موٚت۔ مگر بعضے چھےٚ تمی امہِ منزٕ نبر نیرِتھ پننہٕ عصری زندگی ستی تہٕ موکھ مُدے گرٕمو۔ تسنز ''نظم'' عنوانہ نظم چھےٚ اچ اکھ رٕژ مثال۔ یتھ منز بدس زندگی ہُند ویکھو ارڈ پشتھ شاعر پتھ کالکین ژِیہن منز غواسی کران چھُ۔

پزر چھُ یہِ خوشباشؔ سنٛزِ شاعری منٛز چھُ پرٛتھ مزاز کٮ۪بن لۄکن ہنٛدِ باپتھ کٮ۪نٛہہ نتہٕ کٮ۪نٛہہ۔ یوہے چھُ وجہ زِ تٔمسنٛز شاعری ییٚتہٕ عام بوزن وأٔلِس ووندٕ رونزناوان چھےٚ تتہٕ چھِ اتھ منٛز دانشورانہٕ مزاز کٮ۪بن لۄکن متأثر کرنٕچ توژھ تہٕ۔ عام بوزن والین ہنٛدِ باپتھ دِلکش بناونہٕ باپتھ چھُ خوشباشؔ پننہِ شاعری منٛز آہنگ تہٕ مصرٕ بندی ہُنٛد تیٚنتھ التزام کران زِ ییمہِ ستی سوذایقہٕ دار موسیقی پأدٕ سپدان چھےٚ یوس کأشرس مزازس ویہِ ونٔی تہٕ پزٕ یہِ وِنٔی بنیموچھےٚ۔ پننہِ شعرٕ ہوٚنرٕ ستی چھِ سُہ پننہِ بیشتر شاعری منٛز تیٚنتھ آہنگ ووتلاوان زِ لفظن ہنٛز موسیقی ہنٛز ساٲرٕے لطافت چھےٚ سطحس پیٹھ ٹاکارٕ پٲٹھی نمایاں سپدان۔ بہر حال خوشباشؔ چھُنہٕ پیشہ ورشاعر تہٕ نہٕ چھےٚ شاعری ٲمِس نِش کارٕ بار۔ ٲمی سنٛز شاعری چھےٚ تہٕ باوان یہِ ٲمِس زمانن گٔلہِ میوٚٹھ کوٚر۔ اماپوٚز زمانک روح شرٕ وپرِتھ تہٕ چھےٚ نہٕ ٲمی سنٛز شاعری زمان مکانٕکس چوکاٹھس منٛز بند۔ اتھ شاعری چھےٚ پٔنٛنی رٔہہ تہٕ تیٚہہ۔ بہٕ چھُس پُر امید زِ پننہِ قلمٕچ خوشبٲشی جأری تھٲوِتھ روزِ یہِ بروٚنٛہہ کُن تہٕ پننین تخلیقی تجربن ہنٛدِ زِتنہِ زوٚل ستی سأنی ووندٕ گاشراوان۔

پروفیسر رتن لعل تلاشی
کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر

# اِلتجاء

## دربارگاہِ ربّ العزت

مےٚ چھُ احساس یا رب خطا کار چھُس
رحمتُک چانہِ یا رب طلبگار چھُس

حق ادٲئی کٔرِم ما مےٚ، چھُس شرمسار
چھُس بہٕ نادِم سیٹھاہ بوٚڈ گونہگار چھُس

نے عمل چھم نے چھُم مےٚ کانٛہہ زادِ راہ
آشہِ اُمّت ووں چےٚنےٚ بہٕ دربار چھُس

دٲدی لد چھُس عاجز تہٕ عارِض سیٹھاہ
ووٚنی شفا از کٔرِو نا بہٕ بیمار چھُس

چون نظرے کرم روزِ شأمِل مےٚ یوٚد
باسہِ وقس ئہ بجہِ تک انہار چُھس

ناو چونُے فقط چُھم مےٚ سرمایہِ بس
نَے ئہ تأجر تہِ نے ئہ خریدار چُھس

چأنۍ جلوٕ نُمأئی چھےٚ شام و سحر
چانہِ دربارِ کانچھان شٕہجار چُھس

چأنۍ عظمت چھِ خوشباشؔ اعلیٰ ترٟن
اکھ نظرِ عنایت ئہ لاچار چُھس

......☆......

# مُناجات

چانہِ کرمے میانہِ دِلکٕے باغ روشن اے کریم
چانہِ نظرے پوشہِ چمنن کڑاو پوشن اے کریم

چانہِ ستی جاوِداٚنی لالہِ زارن جا بجا
چانہِ ستی گڑبڑ چھُ قائم آبہِ شارن اے کریم

آسمانن تے زمینن چانہِ عظمتچی ژُتیٖژ
تا قیامت روزِ پڑبتھ گُنہِ گاٚشراوَن اے کریم

زِندگی آدمس بخشِتھ ژِ سپنٕک جلوٕ گر
اِدِ محمدؐ ستی ہیتھ آو چار یارنؓ اے کریم

اَز گرِونا ووٚنی عنایت سأیلن ساعتِ حسن
حل ژٕ کرُون مشکلن چُھک بے وسیلن اے کریم

بندٕگی منز زِندگی چھینے وتھ یہے اسہِ پٔشیتن
بس عنایت تُہنز چھم مےٚ گاش چشمن اے کریم

علِم و ادبُچ سانہِ باپتھ کرتہٕ روشن وتھ ژٕ ووٚنی
سأنی ارضتھ چأنی رحمت دِل چُھ کرٚیشن اے کریم

انٔبیاء تے اولیا چھِ چانہِ بجرکی ناگراد
چانہِ آگر وانہِ ستمن دِل چھِ رنزوَن اے کریم

سہل ما تأریف لیکھٕنی چأنی چھِ، مولوٗم چُھے
شوقہٕ چأنے زو دِوان خوشباش اچھرن اُے کریم

# نعتِ مصطفیٰ ؐ

مےٚ چھِم پژھ جلوِ گر سپد کھ ژٕ اَز میٲنِس مکانس منٛز
مقرر چون آسُن ، مکانس لا مکانس منٛز

درودٕچ ڈٲلۍ سوزان لیس ملک چھِ افلاکٕکۍ پێٹھ
سُہ چھُم اعلیٰ و ارفع جہانس تے زمانس منٛز

یتیمس شمس و قمر ڈیشِم کران گتھ روضے پاکس
مدح خواں تس خدا پانے زمینس آسمانس منٛز

گوٗلابن تھیوٚک جہانس منٛز معطر ییٚلہِ پُئن آسُن
فضائے گُلشنِ عالم معطر گوٚو جہانس منٛز

عمل کیٛشہ چھسم نہٕ چھُس عاصی گوٚنٛمت عاجز پتھر پیوٚمُت
یہِ چھسم عظمت نبیؐ سٕنٛز بس روٗزُس تیٚمی ئہٕ امانس منٛز

تیٚمِس دِل آسہِ مخمور نبیؐ سُنٛد لولہٕ سٕتھِن
گوٗھان تس نور نارس چھُ اشارس بس اشارس منٛز

بجر بخشس نظرِ خوشباش عطا سپدان یہنٛزِ بے نظرِ سٕتھِن
چھُ ختم المرسلین ہُمی سُنٛد لقب لیکھِتھ حدیثن تے قرآنس منٛز



# نعتِ مصطفےٰ ؐ

خیر الامم خیرُ البشر صلِ اللّٰہ صلِ اللّٰہ
تُہی بادشاہ چھوِ بحروبر صلِ اللّٰہ صلِ اللّٰہ

تُہی رحمتن لِلعالمین علمِ الیقین، عین الیقین
خیرُ الانام تُہی سربسر صلِ اللّٰہ صلِ اللّٰہ

دون عالمن منز شوٗبان تُہی عرفان تُہی ایمان تُہی
تُہی ذاتہٕ سِندی نورے نظر صلِ اللّٰہ صلِ اللّٰہ

توٗہی رہبرے دُنیا و دیٖن توٗہی خوش بیان چھوِ بالیقین
منور کرو قلب و نظر صلِ اللّٰہ صلِ اللّٰہ

پرٕ بتھ آیہِ تے پرٕ بتھ سورٕ چھُم دِلکٕے قرار تے نوٗر چھُم
گُلمکو تہٕ عٲلمکو چھُو شہر صلِ اللّٰــہ صلِ اللّٰہ

چھِہ عالمکو گُلشن تو ہی سیرت تو ہی صورت تو ہی
ذاتن بخشُمت چھِہ تھزر صلِ اللّٰــہ صلِ اللّٰہ

خوشباش دامن تھٕہنٛدے رٕٹِتھ عجمی سٕہ آمُت ووٗنی تھٲکِتھ
لتس چھُہ تھکُن تٕہنٛدے بجر صلِ اللّٰــہ صلِ اللّٰہ

......☆......

# نعت

مےٗ چھم آش چأنی کرم یا محمدؐ
پھولیم زِندِگأنی کرم یا محمدؐ

سِیاہ کار عأصِم ہٕ آسے برس تل
صدا بوز میأنی کرم یا محمدؐ

ژٕ یاور ژٕ حأکم ہٕ عأصی غولاماہ
عمل چھم نہٕ دأنی کرم یا محمدؐ

شرمسار نأدِم ہٕ چھُس بے وسیلہٕ
مےٗ دِل چھم رِوأنی کرم یا محمدؐ

ژٕ چھُکھ لالہٕ عربک ژٕ ے چھیٚے تاجداۤری
مےٚ لادن چھِ چاۤنی کرم یا محمدؐ

خُدا پانہٕ لبھان چھُ تاۤریف چاۤنی
ژٕ ے ما کاثہہ چھُ ثاۤنی کرم یا محمدؐ

چھُ خوشباش عاۤجز نظر اکھ کرِو نا
گوھم شادماۤنی کرم یا محمدؐ



# نعتِ شریف

عربہٕ رِکس لالس ونو اَز حالِ دِل
بے کسن سٕہ پانہٕ اَز رنزٕ ناوِ دِل
سینہٕ ہوٚرِتھ باو تٔسی اوِ حالِ دِل
بے کسن سٕہ پانہٕ اَز رنزٕ ناوِ دِل
زندگی سوکھٕ سأوی بنہٕ اسہٕ نظرِ ہتی
آبِ زمزم چاوِ تہٕ شیٚہلاوِ دِل
کرمہٕ تِہندے نورٕ سٕری گوٚھ زندگی
دِل گوٚھن مسرور از انوارِ دِل
ذکرِ تہنزے دِل منوّر ییٚلہٕ گوٚھن
آشکارا اوِ گوٚھن اسرارِ دِل
پھیٚر لگان چھُ مصحفن ییٚلہٕ نبصف رأژ

ہم نشین زن اِ چھِ سپدان دِل تہٕ دِل
ورتہٕ کھرِ ساٗری ژلن اسہِ نظرِ ہتی
تہٕنز رحمت بے کسن سٔبلاوِ دِل
عرضی ین چھِ ڈیرِ گاٗمتی اکھ نظر
نظرِ ہتی شاد سپدہم دِل تہٕ شِل
کیاہ لبھِتھ خوشباش ہکہِ تأریف چأنی
حق ادأیی بس کران امارِ دِل

......☆......

# نعت

یژھ کالہٕ پیٹھٕ مےٚ وۄتُم طلبگارِ مدینہ
اکہِ پھِرِ ژٕ ووٗنی مےٚ گارتم سرکارِ مدینہ

کژیشان چُھس ئہٕ ڈیشہِ کر سُہ روضہ اطہر
دِل شاد گژھم ڈیشہِ ییٚلہِ دربارِ مدینہ

ییٚتہِ جلوٕ گر چُھ عالمس سُہ صاحبِ قُران
تتہِ وُچھ مےٚ ارزاں رحمتُک بازارِ مدینہ

نے روزِ پریشان نے اوزُرٕ سپدِ بس دِل
لتس دوٗر گژھن غم تہٕ تیٚمِس گارِ مدینہ

مدٕح خوان خودا لیس چُھ پٹھ عرشِ برٕینس
سُے شۆب جہانس چُھنا انوارِ مدینہ

ؤتھی بر گژھن تس رٔحمتکی لیس آسہِ نبیؐ رأضی
گژھ نۆرٕ سٔری تہٕ چھاوِ بێیہِ گُلزارِ مدینہ

خوشباشؔ شرمسار چُھ بے عمل مُضطر
ڈۆکھ تس چُھ تھکُن بۆڈ مگر سردارِ مدینہ

......☆......

# نعتِ مصطفیٰؐ

عالمس گاہ ترٛوو نورن چاۓنی
یا نبیؐ چھِوٕ لاثاۓنۍ یے

ہر سو اَنبر نافہٕ مُشکاۓنی
یا نبیؐ چھِوٕ لاثاۓنۍ یے

زندگی ارضِتھ رحمت چاۓنی
دِتہٕ نکھ توہی چھِوٕ باۓنی کار

امتس کٔری تو بٔنیہٕ مہرباۓنی
یا نبیؐ چھِوٕ لاثاۓنۍ یے

والضحیٰ روے تھٕہنٛد کیٛاہ چھُ مثأ لی
مصحفن تفسیر وبوٚھناوان

یارِ گارن چھِ لادن چأنی
یا نبیؐ چھِو لاثأنٛز یے

آفتاب للہٕ واں لولہٕ شبنمسے
تاشوقہٕ چانے گاہ ژ اوان

کوسم باغن زن چھِ ہرأنی
یا نبیؐ چھِو لاثأنٛز یے

زندٕ زوٕ زوِ یُس تھٕہنٛدِ امارے
سیکہِ شاٹھن لتس پھولن گلزار

باب الرّیان لتس وتہٕ وُچھأنی
یا نبیؐ چھِو لاثأنٛز یے

علمٕک آگُر بخشنو زاتن
جنت الماویٰ تأبیا چھِو

عظمت تہٕنزٕے کیٛاہ چھِ شوٗبأنی
یا نبیؐ چھِو لاثأنٕی ے

امتس رحمت تُہٕنز بشارت
لوٕلچ اِمٕچ توٗہی علامت

خوشباش عظمت تُہٕنز لبکھأنی
یا نبیؐ چھِو لاثأنٕی یے



# نعت

محمدؐ دٟین تہ ایمان میٚونے
محمدؐ جان تہ جانان میٚونے

یتیمس تأریف شۆبن لا نہایت
فدا آسِن تٔمِس زُو جان میٚونے

لقب یٰسٓ، طٰہٰ لیس چھُ شۆبان
تٔمِس قوربان پادن پان میٚونے

مدینٕک صُبح کوتاہ سرمدی چھُم
ہوا دادبن تتیٚک درمان میٚونے

مِثالی شام مکہِ کُے زِندگی چھُم
توَے نعتس نبیؐ عنوان میوٗنُے

یِوان ییٚلہِ یاد چھُم مےٚ لالہِ عربُک
قلم اِظہار بدٕلے رٹان میوٗنُے

تیٚمِس گر پاے بۄسی جبرائیلن
توہنٛد دیدار بس ارمان میوٗنُے

تمنّا چھُم ئہ لیکھِہ ہا نعت نبیؐ لیس
لیکھُن کیاہ نعت نتہِ زلنہِ پان میوٗنُے

ڈلان ذہنس ہوا زن سونتہِ واوُک
چھُھ خوشباش نعت یام لیکھان چوٗنُے

......☆......

# نعت

نبیؐ سُند چھُ مسکن دیارِ مدینہ
دِلن ہٕنز چھِ فرحت دیارِ مدینہ

یِمن لانہِ لٕچھمٕو روٗبن شادمانی
تِمن گارِ بے شک تہٕ ژھارِ مدینہ

ازل سٕے ابد سٕے کھٕژتھ سٕے عیاں سٕے
گُلن ہُنٛد سُہ گُلشن بہارِ مدینہ

سُہ رحمت بِلا شک وأقف زمانس
سُہ چھُم با حشم رازدارِ مدینہ

بہٕ پیۆٹھ پیٹھ تھٕنزے ڈیکس شوقہٕ ملہٕ ہا
صبا یوٗد مےٚ انہٕ ہے غُبارِ مدینہ

یقیٖن بالیقیٖن مےٚ حدِ یقیٖن چھُم
چھُ شاہن شاہا تاجدارِ مدینہ

مےٚ دیدارٕ چانیک سبٹھاہ چھُم تمنّا
درُوٗدہ بہٕ پرٕہا دربارِ مدینہ

بہٕ خوشباش عاصی خطا معاف کرتم
نظر اکھ نظر شہر یارِ مدینہ



# عیدِ میلادؐ

یا نبیؐ چھوِ نا تُہو لاثأنی    مےٚ چھےٚ منہِ کامن چأنی یے
ینہٕ چانہِ عالمن پژأو زِندگأنی    مےٚ چھےٚ منہِ کامن چأنی یے

ہول مےٚ کوٚرنم لولن چأنی    دِل چھُم کریشان دیدِ وُچھ ہتھ
پژھِ سان لاران آس رِوأنی    مےٚ چھےٚ منہِ کامن چأنی یے

پرتو ہرسو پیو نورأنی    یا بِہ بجہِ آمنہ صد مبارک
ثوٚبیہ آیہِ کوچھِ للہِ وأنی    مےٚ چھےٚ منہِ کامن چأنی یے

لولُک پأغام نورِ یزدأنی    سو کھ شُہجارُک دنیاہس آو
زندگی آیہِ ازمانہِ پژاوأنی    مےٚ چھےٚ منہِ کامن چأنی ہے

مکہ مدینہٕ کیٛاہ اوس توشأنی یامتھ نوٚن گوٚو چون ظہور
حوٗر تے پٔری یِیے آیہِ ونہٕ وأنی مے چھےٚ منہِ کامن چأنی ہے

کاینات آیہِ کیٛاہ پوٗش چھاوأنی لاالٰہ اللہ ہوٚو تھ یام
آیہِ آیہِ فرقان آیہِ پرأنی مے چھےٚ منہِ کامن چأنی ہے

امتُک غمہٕ خوار دہنُک بأنی حضرتِ محمدؐ مختار آو
پیٚرٕ سُے گمتمن تارِ تارأنی مے چھےٚ منہِ کامن چأنی ہے

خوشباش آوٗے حال باوأنی رٕحمچ نظراہ ترأ وِونا
دأدی لدبرتل ناد لایأنی مے چھےٚ منہِ کامن چأنی ہے



# نعتِ مقدسؐ

تاشوقہٕ چانے گُل پھٔلو باغَس
نبیؐ لیس اِستقبالس وڑاے
تگہِ تگہِ گُل پھٔلو ببرے باغَس
نبیؐ لیس اِستقبالس وڑاے
یار أسی پڑاران ٹاٹھِس یارس
یثرب انتظارس أسی
پأری پأری لگہٕ ہوٚس أسی وۅ ہارس
نبیؐ لیس اِستقبالس وڑاے
حامیم زُلفن ہنٛدی شیٚہجارن
دِل فگارن مرہم کوٚر
زَم زَم وزنے لوٚگ ناگرادس
نبیؐ لیس اِستقبالس وڑاے

ہاوسہٕ ژُھنڈے پأدِ گوٚو عالم
چھِوٕ جہانس وأ لی ژُھو

وَنہٕ وال حورٕ آیہِ عربی لالس
نبیؐ لیس اِستقبالس وژاے

زان کینژھہ چھُم نہٕ زان مےٚ گری توم
خوشباش لیٚکھی توم کرمے لون

زندٕگی ژلہِ ہم گرٛہُن آفتابس
نبیؐ لیس استقبالس وژاے

......☆......

# نعت

از بنم نا چون دیدار یا رسُولِ عربیؐ
از گٔرِو نارس مےٚ گُلزار یا رسُولِ عربیؐ

گیپر غمنِہ منز گوٚمُت چھُس زِندگی آوارِ چھم
چھُم زوٗن گومُت مےٚ دشوار یا رسُولِ عربیؐ

بٔڑی گوناہن ہِندرِ مےٚ دفتر گٔری اتھٕری مےٚ بےحساب
چانہِ کرمُک چھُس طلبگار یا رسُولِ عربیؐ

گوس مُشتاق دُنٕی یِہس ئہ نخقہِ رأوِم زِندگی
کر مےٚ زونُم نوٗر تے نار یا رسُولِ عربیؐ

چھِم مےٚ دُشمن اہلِ دُنیا بہرِ دُنیا جا بجا
چھُم پناہ گاہ چون دربار یا رسُولِ عربیؐ

چاٲنۍ رحمت چون آسُن میانہِ تقدیرُک بجر

ٔدوَنن مےٚ پھرِتہٕ سبزار یا رسُولِ عربیؐ

دأدی لد چُھس سخ پریشن دادِنےٚ کرتم دوا

کٲاہ گژھی کم یی تنےٚ عار یا رسُولِ عربیؐ

کیمیاء خاکس بنِم یوٚد گٔرِو نظرِ کرم

اُمّتس چھِہ شوقہٕ شٕہجار یا رسُولِ عربیؐ

آش ہیتھ آمُت چُھ خوشباش یا نبیؐ گٔری تو نظر

شانہٕ تھوٚد چُھ چون دربار یا رسُولِ عربیؐ

......☆......

# نعت

لبھان بادِ صبا چُھ پوشہِ ؤتھرن ناو چوٗنے یا رسُول اللہؐ
چُھ پڑتھ شایہِ وِرُد پوشَن ناو چوٗنے یا رسُول اللہؐ

زُلف حامیم چأنی پوشہِ ژادر گُلشنن اندر
مُوھِٹیل شہجار اندر گرٛشمہِ ژنجن ناو چوٗنے یا رسُول اللہؐ

مدیٖنچ لڑھ بنان کیمیاء تقدیٖر والین رِکڑھ
مُقدّر زِندگی ہُنٛد سون بنٛژتن ناو چوٗنے یا رسُول اللہؐ

ژِ چھکھ خوشبوے، ژندن خوے جہانس ابرِ رحمت ژٕے
زمانس لولہِ سان تھٕوک زمانن ناو چوٗنے یا رسُول اللہؐ

لگےَ طوُبیٰ قدس پاری ژنے روٗس کُس داد رس چھُم مےٚ
تمنّا ہر تر چھُ آرِزوین ناو چونٔے یا رسُول اللہؐ

تمنّا چھُم مدینس منز ئہ کرٕہے گتھ وتن چانین
یِوان زیٖوٕ پیٹھ مےٚ پھِری پھِری سحر وقتن ناو چونٔے یا رسُول اللہؐ

مدینک خوش ہوا مُعطر بناوان جنتٕچ کس خوشباش باغس چھُم
تمِس کیٚاہ غم تیمِس آسم خیالن ناو چونٔے یا رسُول اللہؐ



# نعت

یا نبیؐ چانہِ ستی دہن میون روشن
گوشن ئہ کرے از اِوحال
دِکھنا درشُن دِل چُھم توشن
گوشن ئہ کرے از اِوحال
تأبیا ذاتن کائینات تھُونَے
عرش تے کُرسی پأرأوُن
محمدؐ کیتھ آسہِ مَلک اَسی سوچَن
گوشن ئہ کرے از اِوحال
سِرسأوی راز ژےٚ ذاتن بأوی
نبوّت ئرنے بیٚیہِ عنایت

پرِدِ رۆس درشُن ہوُوے ذاتن

گوشن ئہ کرے از اِوحال

لَا اِلَاہَ اِلَاا للّٰہ ذاتن بوُوے

گُنِزن تھٔنڈی اِدِ تھزراہ پژوو

جاے کتہِ روزِ اِدِ لات و مناتن

گوشن ئہ کرے از اِوحال

آیہِ آیہِ فُرقان ذاتن بوُوے

وتھ گیہِ روشن زِندگی ۂنز

خوشباشؔ تأثیر حرفن حرفن

گوشن ئہ کرے از اِوحال



# نعتِ شریف

(درمدحِ شبِ برات)

زمینس زمانس تہٕ عرشِ مجیدس
تھٲکِن جایہِ جایۍ چھُ نامِ محمدؐ

مبارک مبارک خیالن تہٕ سونچس
پران آیہِ آیے چھُ نامِ محمدؐ

سُہ تشریح چھُ لاہس تہٕ بیٚیہِ الااللہ ہَس
مےٚ ہم کھور ناوے چھُ نامِ محمدؐ

سُہ اعلیٰ سُہ ارفع سُہ طاہا سُہ یاسین
شُہل گژیشمہِ کژایے چھُ نامِ محمدؐ

کھسان لعل و گوہر چھِنا شوقہٕ سٔدرس
پران شایہٕ شایے چھِ نامِ محمدؐ

دِلس منٛز تیٚمِس آسہِ محبت نبیؐ سٕنٛد
تٔمِس تار ناوے چھُ نامِ محمدؐ

چھُ خوشباش تأثیر نورانہٕ رأژن
وِرُد جایہٕ جایے چھُ نامِ محمدؐ



# نعت

کلامِ حق چھُ فرمانِ محمدؐ
کتابِ حق چھُ قرانِ محمدؐ
عظیم الشان چھُ شانِ محمدؐ
کتابِ حق چھُ قرانِ محمدؐ
شریعت تے طریقت بیٚیہِ حقیقت
چھِ ترٛیشوٚے یِم گُلستانِ محمدؐ
ابوبکرؓ و عُمرؓ عُثمانؓ و حیدرؓ
یِمے گے چار یارانِ محمدؐ
یِہوے بس اکھ دُعا چھُم میانہِ مولا
مےٚ تھوتم بس ثنا خوانِ محمدؐ
یہِ خوشباش چانہِ ستی بس چھُ خوشباش
روٗشن تمی چیرٕ دامانِ محمدؐ

......☆......

# منقبتِ شیخ العالمؒ

چھک ریٚوشا منز ریٚشین ژٕ لاثأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ
بر فلک زٲن زن ژٕ تابأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

ِکتھ ویٚندٕن پر تہٕ پان ژے وبہھنووُتھ
ڈٲل یُوسہٕ لس ژے راہ حق ہووُتھ
رُت کلاما ژٕ آکھ باوأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

کیٚتھہ وناں ژے ننٕد ریٚشی تہٕ کیٚتھہ علمدار
باحشم رحمتُک چھُ چون دربار
پایہِ بڈٕ منز نُندبن ژٕ شوٗبأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

زیوٚن مرُن کتھ دپان ژےٚ ویٚوِھ نوٗوتھ
مقصدے آدم ژےٚ زِندِ تھوٗوتھ
بے علم زانہِ کیٛاہ قدر چأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

تھٕنِد ینہٕ گاہ پیوٚ ظلماتس
گُل پھٔلی توحیدٕ کس باغَس
اتھ گواہ پانہٕ دپنگ سُہ بأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

نورٕ ورشن گوٚھان ییٛلہِ سحر وقتن
نظرِ چانہِ گُل پھولان چھِ نیک بختن
بر کرم ذاتِ حق چھُکھ یوأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

گپر گوس سپر ووٚنی حض ژٕنے باوے
پیٚر چون دامن ئہ کتھ تژاوے
بیکسن چھکھ ژٕ حال بوزأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ

زندٕگی شاد ماں تہٕ بٔیہٕ خوشباش
تس بنان لیس چھ چانہٕ کرٕج آش
نامدار شاہ ژٕ آے گارأنی
یا سخی نورالدین نورأنیؒ



# غزل

گوہ پھٔلو نے ووٕنی گلزار وتن
گُل پھٔلو نے دلہٕ کیٚن ارمانن

ہی پوش ژٕ ے پھٔلو نے مائنزِ اتھن
گُل پھٔلو نے دلہٕ کیٚن ارمانن

دے بوزِن اُسِن ساعتہٕ حسن
رُت آے ژٕ ے لگو نے لولہٕ کتھن

خوشحال بُنِن بیٚہٕ چون وطن
گُل پھٔلو نے دلہٕ کیٚن ارمانن

یِنہٕ پژانِن یادن پھیُر زانِہہ دِکھ
یِنہٕ خابن منز زانِہہ کٲلی ژٕ یِکھ

ادٕ ہنہٕ ہنہٕ زخمن . آخ بلن
گُل پھٔلو نے دلہٕ کیٚن ارمانن

مےٚ تہِ پۆشِن عشقچ ناکاٲمی
چھنہٕ لولس چاٲنِس کانٛہہ خاٲمی
ییٚہِ چھُہ آسان لیکھِتھ تقدیرن
گُل پھٲلی نے دلہٕ کِمِن ارمانن
شُرٕ باشِن آسان لولہٕ مژر
آباد چھُہ باسان لولہٕ شہر
کتہِ آب چھُہ پژاران آرٕ پلن
گُل پھٲلی نے دلہٕ کِمِن ارمانن
ژٕےٚ تہِ آسی کُنہِ کُنہِ اُچھ پھوران
پۆز آش ما آسی زانٛہہ سوران
وشہِ گنجِمۆ مےٚ تہِ چھےٚ آستانن
گُل پھٲلی نے دلہٕ کِمِن ارمانن
ییٚلہِ سنگر نورانہٕ لولہِ للہٕ ون
دوٚیہِ خاٲر کرُن گژھِ مہجوُرَن
پوشہِ ورشُن گژھِ نے پوشہِ پادن
گُل پھٲلی نے دلہٕ کِمِن ارمانن

یێلہِ صحٕک نورانہٕ آسہِ پھولن
شبنم آسہِ بتراُژ پاد چھلن
دِل آسن رنزٕ واں پوشہِ چمن
گُل پھٕلی نے دلہٕ کێن ارمانن

پڑٕوِ تراُوِتھ لوٕ یێلہِ پڑبزلاوکھ
کینہٕ تراُوِتھ شوقس تنبلاوکھ
دے راُضی گرٕژھِن خوشباشؔ دِلن
گُل پھٕلی نے دلہٕ کێن ارمانن

......☆......

# غزل

وُ جارِ دِل چھُم امارِ چانے
قرارِ میانے قرار کرتم

کمن تہِ گیہِ نا ژےٚ گژاوِ میانے
قرارِ میانے قرار کرتم

رُلن تہِ دوٗرن کڈر چھُ کوتاہ
تہِ زانہِ مجنون تہِ زانہِ لیلیٰ

متیو مےٚ روٗس کُس سُہ حال زانے
قرارِ میانے قرار کرتم

دِلن چھُ وٲقف خداے آسان
مےٚ ستِۍ ویٚود چھُم مزاز چونُے

یِہے مےٚ ستھ چھُم طبیبہٕ میٚانے
قرارِ میٚانے قرار کرتم

ژ زِتھ پتھر پیٚون وصلِ مہٕ سپدن
منزل یہوے بس مےٚ لانہِ آسن

دعا یہِ نیرُن دہانہٕ چانے
قرارِ میٚانے قرار کرتم

مےٚ کیٚاہ یہِ ارضِتھ ژٕ ون کہے چھا
چھُ چانہِ ستِٮن وجود میونُے

یہِ میٚانٛز شوہرتھ چھےٚ ناوٕ چانے
یتھے سٕہ منصور کھویٚو نہٕ دارس

تُمِس نگارس خبر چھ یُوٗ ھ پأٹھی
شہر شہر پھیوٚر فراقہٕ چانے

قرارٕ میانے قرار کرتم
فضا یہِ سوٗنٹک کران چھُ شی شی

دپان سُہ خوشباش پکان چھُ شاید
بڑ بہان یہِ دل چھُم امارٕ چانے
قرارٕ میانے قرار کرتم

......☆......

# غزل

مےٚ روزُن آرِ زو للہٕ وٕنۍ یہٕ اوسم ما گمانس منز
سرابن وٕنۍ دوان روزبہٕ وفا وأنسے جہانس منز

گِھے نوٚرس تہٕ گاہ نارس مےٚ اضطرابس اندر ژھورُکھ
پھٕرِتھ بُتھ اعتبارس ژٕے مےٚ رٕچھی رٕچھی تھوٚد جنونس منز

بٔہ اوسُس گنٛڈۍ دوٚچھس قدر پیومُت وٕسی پوشہِ وٕتھرا اکھ
بٔہ نظرے چانہٕ مُشکوٗس زمانس تے مکانس منز

گِھے دیُتُم دلاسہٕ ٹھۄکہٕ گِھے سرِ راہ مےٚ ترأوِتھ گوکھ
گذارِنۍ سہل ما آس وأنس پتہٕ یتھ قأد خانس منز

مےٚ اوس ہاوس ئہ باوے آخ تے بێیہِ نیائے تقدیرٕ کی
وُچھم تقدیرٕ تدبیرن کران ژھل پرٕبتھ زمانس منز

یہِ لوٚلچ تێہہ تہٕ صبرٕچ گرٕ چھِ کأژا کرہٕتھ یوٚد زانکھ
گنڈکھ دشہِ لولہٕ استانن تہٕ روزکھ پیچ وتابس منز

نہ اوٗسم یارنے ہمراہ کاںٛہہ بێتہِ وأنسہٕ سفرس منز
مگر سأری خطا ڈیشِم مےٚ أخر پأنٛی پانس منز

پھوٚان خوشباشؔ پرتوٚ چون چھُ ییٚلہِ آشن ہنٛدِس شہرس
نوٚوُے میچھر نوٚوُے آہنگ گرٛھان نوٚن زمینس آسمانس منز

......☆......

# غزل

ژٕے دۄرِ رُوزِتھ مےٚ سۄر کۆرتھم
یہِ حال کۆرنم مےٚ چاٲنی لولن
امارِ چانے دٕزِم مےٚ ہن ہن
یہِ حال کۆرنم مےٚ چاٲنی لولن
مےٚ شوقہٕ چانے چھُ پان مۆشمُت
چھُ چانہِ براٚنٹھِ مےٚ لول رۄچھمُت
بہٕ میٹھی کرِہے ژیٚنے ماٚنزِ پادن
یہِ حال کۆرنم مےٚ چاٲنی لولن
بہٕ پان وتھرے ژٕ یتہٕ یپاٚری
اسکھ تہٕ گُل زن پھولن ژوپاٚری
نظر کرکھ یۆد مےٚ داٚدِ بلہٕ ہن
یہِ حال کۆرنم مےٚ چاٲنی لولن

مےٚ کریہِ زوٗنُم ژٕ دوٗرِ زاگکھ

شکاٗرۍ لاٗ گتھ مےٚ زالہِ لاگکھ

نثار یاوُن کرے ئہ قدمن

یہِ حال کوٚرنم مےٚ چاٗنۍ لولن

پٔژن سٕہ خوشباش ئہ دیدٕ وُچھ ہن

دِلس طماہ چھُم سٕہ نالہِ رٹٕہ ہن

ئہ مالہِ کرہس گولاب پوشن

یہِ حال کوٚرنم مےٚ چاٗنۍ لولن

......☆......

# غزل

ازلن لیٚوکھُم مے تقدیر سِتمن حوالہٕ کوٚرنس
ہینہٕ آس رِگردِ آبس لٚہرن حوالہٕ کوٚرنس

روٗ چھمُت امار تیٚمی سُنٛد سینس اندر مے اوسُم
لتس لٔج نظر یہِ کٔمی ہنٛز نظرن حوالہٕ کوٚرنس

ہے واوِ تٔہنٛدِ آٹگنٕ نیرکھ تہٕ گژاوِ گٔری زبس
زالس ئہٕ لوگنس تٔمی صدمن حوالہٕ کوٚرنس

تِم وعدٕ پژٲنی سٲری قسمن حوالہٕ تھاوِن
تیٖرن مے سینہٕ دوٗرِم سیٖرن حوالہٕ کوٚرنس

گاہ رازِ دِل سٕہ باوُن گاہے کتھٕے تہٕ تڑاوِنۍ
یادن ہٕشدبن سرابن وقتن حوالہٕ کوٚرنس

مُتۍ گرۍ مے تاپہٕ تنبگلن یٔدۍ آخ میٲنۍ وُچھِ ہے
پتٕمن چُھ میون تیلان پردبن حوالہٕ کوٚرنس

مُستی مژر تہٕ یاوُن خوشباشؠ لتس سراپا
تأپیر باوئَے تٔمۍ خابن حوالہٕ کوٚرنس

......☆......

# غزل

مےٚ لولن لولہٕ سےٚ گرٕنم دغأیی
وفا کوٚرمَس تہٕ گرٕنم بے وفأیی

دِلُک اوٕ حال ونہٕ گس تس ورأیی
وفا کوٚرمَس تہٕ گرٕنم بے وفأیی

جفا لولس بدل زونم مےٚ تقدیر
لگِتھ زالس لباں کتہِ چھس رہأیی

مےٚ ہاوس اوس ما ناکام لولُک
مگر ازلس لیٚکھِتھ اَسم جُدأیی

دماہ وُچھِ ہأپھولہٕ وُن روے چونے
ژےٚ گرٕہو قوٚدرتن کرٕھ چھے عطأیی

تُمس خوشباش اَسن زِندٕ گأنی
تیٚمس لولس ئہ کانٛچھان چھس بجأیی



# غزل

ٹھنڈِ شہرُک ہیُو ڈلان ذہنس ہوا
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

تس تہِ ما دۄربر چھُ زالان میٲنٛز پأٹھی
تس تہِ ما خط لِکھِتھ چٕھ کل میٲنٛز پأٹھی
وٕنی دوان ما میٲنٛز پأٹھِن ہر صبا
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

شامہٕ ژھمبر بن دارِ پیٹھ از آسہِ ما
وعدٕ پرأنی یاد پاوان آسہِ ما
میۆن اتہٕ گتھ تس أچھن تل آسہِ ما
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

پکھ پکو منزِل سبٹھاہ یۆد دۄر چھُ
لولہٕ سفرس منز یہوے دۆستۄر چھُ
پۆت نظر دِنۍ زانۍہہ تہِ اتھ منز چھنہٕ روا
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

تس گۆمُت سنگلاخ دِل باسان چھُم
لول توہندُے دین تے ایمان چھُم
گژاو میأنی تس نِگارس بأوتھا
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

دِل چھُ أویل ینہٕ سہ زانۍہہ اتھ رُم کرکھ
چھُمنہٕ مولۆم میۆن دۄربر کتھٕ زرکھ
چانہِ برتل حال دلہٕ گُے باوٕ ہا
تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا

......

کیٛاہ خبر خوشباش ٲسم جاییہِ کتھ

ٹھنڈِ شہرے ون سہ گس تس ہاوِ وتھ

میلہٕ کنہِ گُنہِ پے پتاہ لبھِتھ چھُ ما

تمہِ شہرٕ پھیرِتھ کر ژٕ آمُت اے ہوا



# غزل

نظرن اندر چھُ شاید بدلے خُمار یارس
لولس سۆکون بدلے باسان چھُ انتظارس

یُوتھ کالہِ آے لۆگمُت لولس تہٕ بێیہِ امارس
لولس سکون بدلے باسان چھُ انتظارس

موسم ہران چھُ کوسم یادن دِ وے چھےٚ لُجمو
کرِ-ما سُہ سألِ ڈل از بادام وارِ پیٚارس

دۆہنم بہار ہێنس پیٹھ بێیہِ ییٚلہِ دبارِ سمکھو
نوِ آیہِ گوڈ برو أسی قولس تہٕ بێیہِ قرارس

شاداب لولہِ دفتر چانے اشارِ ہتین
اقرارِ چانہِ ہتین پھۆلی پوش نوبہارس

کتہِ روزِ ژھلیہِ پردن جگرُک یہِ سوز اُخر
ننہِ ولنہِ تھپھ ژےٚ اُتھ صبرس تہٕ بێیہِ قرارس

وقِ ما چھُ کأنسہِ پیٹھاران واپس یہِ کر چھُ پھیران
لبکِھتھ یہِ تاجدأری وتھس چھِ زأوِی جارس

چھُمبس نظر یہِ چأنی نتہٕ کیٛاہ چھِ جاے میٲنی
قدمن نثار أسِن زُو میون جأنٛی یارس

دوٚیہِ خأر چھون پوٚشن نوٗلس خداے بوٗزِن
شِکون مہٕ جاے روٗزِن ییٚتہِ یور دوستدارس

خوشباشؔ قدم قدم چھون بزٕمہٕ راں چھُ وارٕ دِل میون
حد کتہِ چھُ اضطرابس لولس تہٕ لولہٕ نارس

......☆......

# غزل

أچھ پیٹھ مے أچھ گیم وُنی خابس اندر ژٕ آہم
کتھِ کتھ ژیٚے باأوتھ منٛہٕ وِتھ ژٕ یارٕ دژاہم

آشا چھےٚ زندگانی نتہٕ ما چھےٚ گژند امارن
ہاوُن شوبان زخم تس لیس نِش تتھ آسہِ مرہم

دوہ راتھ شوقہٕ چانے روُوس ئہ انتظارس
زوُنم نہٕ واعدٕ ڈلہٕ ہم نچھے ئہ گوس برٕ ہم

چھُم کیاہ مے تختیارٕ ے یہٕ چھِ چانی دوستدأ دی
چانی نظر میٚے پوشِن ژیٚنے گُن مے یارٕ سرخم

خوشباشہٕ سالہٕ لنہٕ ہتھ ونہٕ ہے ئہ حال اوٕ حال
تھرٕ چھم مے شوخ پانس لوس مخولہٕ کرٕ ہم

# غزل

نشاطِ جان و دِل گفتار چھُنے
مژر لولس اثر اظہار چھُنے

مےٚ چھُم دیدن اندر انہار چھُنے
مژر لولس اثر اظہار چھُنے

گِہے تقدیر دۄپتھم گاہ مےٚ تدبیر
مےٚ چھُم آہن اثر درکار چھُنے

حیاءتکی نغمہِ وزِ ہن تبسم اکھ کرکھنا
بجر آم باگہِ چھُس غم خوار چھُنے

دۄپُتھ آسُن ئہٕ ہاوے دم ژٕ سنبھلاو
وُچھم ہر شایہِ منٛز آکار چھُنے

مشبم کتہِ نورِ سُری تمہِ نظرِ سپدُن
گہے انکار گاہ اِقرار چھُنے

صُبح ڈوُل شام سپدیو انتظارس
مے چھُم سرمایہِ بس وو ہار چھُنے

حیاءتکی نغمہِ وُزناوِتھ زمانس
چھُ تحریرن اندر تفسیر چھُنے

ژِ چھُک سنگدل تہٕ بے پرواے واللہ
یہِ خوشباش لولہِ کُے شاہکار چھُنے

......☆......

# غزل

متہِ چانِٹن خاب خیالن منٛز
دوہہ رات زُوٗن مےٚ عادت چھم

ییٚہِ چون اتھس پیٹھ ناوِ لکھُن
موٗنہِ مێٹھی کرٕنۍ تتھی عادت چھم

☆

دوکھ چانہِ جُدٲیی ہُنٛد باسان
سرمایہِ شہُل زن یادن ہُنٛد

ییٚہِ چون اتھس پیٹھ ناوِ لکھُن
موٗنہِ مێٹھی کرٕنۍ تتھی عادت چھم

☆

ینہِ گُلشن میوٗنۍ مشکووٗت
مدٕہوش گوٚمُت زن چھم یاوٗن

یوٚد تنہاٲیی منٛز یکھ ساتھاہ
تیٚلہِ شوٗبم رازِ دِل باوٗن

کتہِ دۄربر چھم مے پتہٕ باسان

ییٚلہِ شوق رٹان انہار بدل

کتھِ چانہِ چھُ آسان مانہِ بدل

اِنکار بدل اقرار بدل

چھنہٕ خابس تعبیر وُنہِ دژ امُت

پۆز توتہِ پٔژن یہِ عادت چھم

بێنہٕ چون اتھس پیٹھ ناو لکھُن

مونہِ میٹھی کرِنی تتھی عادت چھم

☆

چھلہٕ چھانگرِ گوٚمُت چھم یاوُن

کتھِ غاٗرس شوٗبم سِر باوُن

از ماٗوِتھ بێنہٕ پتہٕ ازماوُن

اوٗش وانہِ دامن چھلناوُن

ژٔے نہٕ مروتھ پوٚز مے نہٕ سوران آش

لگہِ سوٚدرس تار مے کاٗلی ضرور

ناٗگی رایس وٕزی پاتال مے دِنی

ہیمال ئہٕ سرِراہ پیٚمو دور

گاہ طألب گاہ مطلوب بٕنِتھ
صبح شام ژٕ‎ے پرارُن مے عادت چھم



بربم چھم کِنہٕ چھم یہٕ لولہٕ مژر
یٕیمہِ رأژ پھولن از سُلہِ سنگر
وولہٕ زان غنیمتھ زُونہٕ پھر
وولہٕ سنہٕ چھُ آمُت لولہٕ شہر
ییٚتہِ پژاران ییٚمبرزل بوٚمبرس
بیٚیہِ چھےٚ کران سو گتھ شمعہس
از شیرین دیان چھِ فرہادس
گرٛھ آے ژٕے لگٕو نے اتھ لولس
مے چھِ آش پھولہِ ووٚنی شوقہٕ سحر
أتھی پیٹھ مے زونک عادت چھم
بیٚیہِ چون اتھس پیٹھ ناوٕ لکھِتھن
مونہِ میٹھی کرٕنی تتھی عادت چھم



تقدیر لبکھتھ چھُم اوٚش ہارُن
گٹہ گاشس منز بیٚیہِ ژینٚے پیٚارُن
ڈبکہِ لون ہوٚل آسہِ لیس گوٚمُت
تس شوبیا کأنسہِ راہ کھارُن
مرحم کربم کُس زخمن مے
انگ انگ گوٚمُت رتہٕ دأوی چھُ مےٚ
دِل یوٚد سمندر نے کرِ ئہ
شہرے گوٚمُت کھرٕ کھأوی چھُ مےٚ
خوشباش ئہ باسان چھُس عامن
پوٚز دامن رچھنک عادت چھُم
بیٚیہِ چون اتھس پیٹھ ناو لبکھُن
مونہِ میٹھی کرٕنی تتھی عادت چھُم



# غزل

اعتبارس اعتبارِ ے راہِ راوُن ما پزِ ے
انتظارس انتظارِ ے راہِ راوُن ما پزِ ے
وٲنسہِ رٔچھی رٔچھی شوق تھوُوم چانہِ موکھ سینس اندر
اتھ وفاٲیی میانہِ ونس بے وفاٲیی ما پزِ ے
لس کران بے تاب روزن زندگی میاٲنی وبداکھ
میانہِ لولچہِ غم دفاٲیی یِوٕ جفاٲیی ما پزِ ے
لولہِ سفرس منز پکُن تقدیر چھم زانان چھس
راز گھٹہٕ کھٹہٕ وونی رقیبن راز باوُن ما پزِ ے
مسجدن مندرن تہٕ گرجن دھرم سالن ژھورمکھ
آزماٲوِتھ ساسہِ پھرِ بیٚیہِ آزماوُن ما پزِ ے
یادِ شبنمٕ چھس چھلان وُچھ دوٗرِ رکی آخ زندگی
راحتِ جاں آسہِ یُس سُہ راہِ راوُن ما پزِ ے
پوشہِ موٚت خوشباش باسان دوٗر دورے ہاوِ پان
خاب اُسِن یا حقیقت بانبراوُن ما پزِ ے

# غزل

مشاں مے چأنی ستم وُچھِتھ ژٕ
ژٔے وأنسہِ پوٗشِن بہار لولگ
چھُ ناو چونٔے شُہل تہٕ شبنٔمی
زرا ٹھہر کر زرا ٹھہر کر

ژٕ میانہِ باپتھ بہٕ چانہِ باپتھ
یہٕ واعدٕ کوٗرمُت دِلو چھُ لولگ
چھُ ناو چونٔے شُہل تہٕ شبنٔمی
زرا ٹھہر کر زرا ٹھہر کر

سُہ واعدٕ چونٔے امار میونٔے
ژٕ میون ہمدم ژٕ میوٗن منزِل
یہٕ راز اوسُم وُنی یہٕ کتھ گٔمی
زرا ٹھہر کر ذرا ٹھہر کر

مےٚ لولہٕ چانے للوِ دِلس منز
شُمار رۄستے اَنبار غمن ہنٛدی

ژلان ژلان یہِ جواب وۄن ژٕمی
زرا ٹھہر کر زرا ٹھہر کر

سوأل سوزُم مےٚ واو صُبحک
وومید اٲسم جواب سوزکھ

مےٚ پرٛاری پرٛاری جواب نہٕ اۄن ژٕمی
زرا ٹھہر کر زرا ٹھہر کر

دِلن جُدأیی سبٹھاہ چھِ مشکل
توے بہِ آمُت سوأل ژےٚ گُن

بجر یہِ چونٕے نکار کۄر ژٕمی
زرا ٹھہر کر زرا تھہر کر

مےٚ گُن سہٕ وُچھِ ہامےٚ کاش پرٛزھِ ہا
وۄں حالِ دِل مےٚ اگر سہٕ خوشباش

غزل ئہٕ لیکھٕ ہس نشاطِ سٕمی سٕمی
زرا ٹھہر کر زرا ٹھہر کر

# غزل

چھُم ستمگر یادِ مے یِوان ہے
سوچہِ سۆ درس چھُم ٹلان طوٗفان ہے

حال میونے ماسہٕ چھُ زانان ہے
سوچہِ سۆ درس چھُم ٹلان طوٗفان ہے

دورِ رِکہِ نارے دزان یاوُن چھُ میوٗن
بیٚیہِ ژِ ییٚکھنا خاٗبِ چھُم ارمان ہے

زانٕہہ تہِ ییٚلہِ لتس گژاو کرنُک موقہٕ آم
اضطرابن روٗٹ بدل انمان ہے

تس فِدا کوٚرمُت مےٚ چھُم شیٖرین بدن
لاٗنۍ نیا ییک بار چھُس وترٛان ہے

تٔمۍ وُٹھن یژھ کاٗمِلی کوٚر کمہٕ جار یام
روٗخ تٔمِس زن زوٗن اُس تابان ہے

وادِ پاوان یاد ییٚلہِ تس آدنُک
خنٛدِ گٔری گٔری تورِ چھُم روشان ہے

سہل چھا خوشباش تھاوِنۍ زندگی
گاہ یہِ شولان گاہ بنان واٗران ہے



# غزل

گھے ناوٕ تھٕنڈے گھے لولہِ تھٕنڈے
گزٲر زندگی مےٚ واللہ ناوٕ تھٕنڈے

تِمِس رٕوس زٕون چھُ محال میٲنہِ باپتھ
مےٚ ژیوٚہ ژیوٚہ چھُ باسان جُدا ناوٕ تھٕنڈے

مےٚ کُن ما تُجن اَچھ ووپر زوٗنس ہٕ
مےٚ نیرِہ یقینن مُدعا ، ناوٕ تھٕنڈے

تیمِس ہتی اوسُم طماہ دوہہ گزارن
دِیتُم ناو لولس وفا ناوٕ تھٕنڈے

تِمِس رٕوس تُلنٕژ یوٚد مےٚ پٮ۪یہِ غم مصیبت
مےٚ چھِم آش شولِم نِگاہ ناوٕ تھٕنڈے

خودا زلنہِ رُوٚشتھ سہٕ کتھ جایہِ بیوٚٹھُم
لیوٚکھُم رازِ دِل از صبا ناوٕ تھٕنڈے

تِمِس ہیوٚ نہٕ خوشباش باسان کانٛہہ چھُم
سوٚرُم مےٚ سوٚرُم بس خودا ناوٕ تھٕنڈے

# غزل

تنہا تنہا دِل گوٚمُت لولہٕ سٕری دیوانہٕ میوٚن
ژوٚرِتھٕوی تھٕوی خاص وعامن گوٚوکنن افسانہٕ میوٚن

زانہِ کُس یہِ ژےٚ ورأے کیازِ دِل دیوانہٕ میوٚن
ژوٚرِتھٕوی تھٕوی خاص وعامن گوٚوکنن افسانہٕ میوٚن

یِیلہِ وُچھکھ یِم داغ جگرٕکی اِدٕ پِنا دم پھُٹِ گژھکھ
یہِ ہَسارٕ ژھرِتھ تھوومُت چھُم پوشہِ ون یارانہٕ چون

زندگأنی ہاوسن ہُند یوٚڈ سرابا بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ
زوٚنہٕ رأژن خون زألِتھ مےٚ ہَساجوٚ ردامانہٕ چون

قاۂِفِلس چھُ کاٹلی نیرُن ولہٕ غنیمتھ زان ساعت
بس مثالا روزِ پتھ کُن جام میون موے خانہٕ چون

دِل امارن چانہٕ لوٕلکی تھوومُت خوشباشؔ مےٚ
گژبند چھےٚ مانتہٕ لولہٕ زخمن تتھ گواہ ہم خانہ میوٚن



# غزل

لولس مخولہِ کوٚرنم وادس تہِ آزموٗم

لانتٕ مےٚ نیاے وترِم دِل یوٚڈ سوٚدُر بنوٗم

لوٗگن ہتِل تہِ ہانٛژل اچھرن تہِ مانہِ روٗس

کمہِ ساعتہِ کیاہ مےٚ گدریوٚ مےٚ تہِ کرتہِ یاد تھوٗم

پیٚتہِ سرِ یہِ زوٗن تارکھ آہن گواہ مےٚ واللہ

تمیٚ کر شمار تھوٗم مےٚ تہِ کر حساب تھوٗم

قول و قرار مٔشرُن دِل کر روٗچھن یہِ میونُے

شیشَس مےٚ سور سپدُم صبرس قرار روٗم

وُٹھہِ تٔلی اسُن چھُ توہندُ ے عنوان نو بہارُک

بربم دیٚت مےٚ سونتہِ وادن نتہِ کر بہار چھوٗم

دِل وُچھ ژِ میون خوشباشؔ زَن اَنہِ گاہ چھُ تژاوان

گونہِ ہن تہِ بیٚیہِ ثوابن نکھے شمار تھوٗم



# غزل

دِلچ خبر یہِ دِلے چھُ زانان
رَچھِن یہِ دِل چھُ ثواب واللہ
مےٚ چاٲنی لادن ژِ میون آدن
ژِ میانہِ لولُک نواب واللہ
نکار کتھ کرکھ ژِ اٲخر
سوالہِ منزِ ییلہِ سوال نیرن
یہِ زندگی چھِ ییٚنز امانتھ
پگاہ چھُ دیُن تس جواب واللہ
ژِ میٚون ہمراز ژِ میون ہمدم
ژےٚ روٗس زُوٗن چھُ محال میٚونے
خبر ژےٚ ما چھے مےٚ حال کُس چھُم
تہِ زانہ میونُے حُباب واللہ
مےٚ یاد چاٲنی روٗحس تراوتھ
سکون باسان بہار لولس

خدائے بوزِن ژٕ ے آے ہُرِ نے
مےٚ وارِ پھولنم گولاب واللہ
مےٚ وأنس وأژم تٔتی ژٕ ے پژاران
یٚیتِتھ ژٕ ے دیٚتمُت مےٚ وادِ اوسُے
زمانہٕ اکھ گوم وتن دِوان وٕنۍ
مےٚ وائے روؤم شباب واللہ
یہِ سینہٕ دؤرُم مےٚ لؤکہٕ پامن
مےٚ خاص وعامن جواب دیٚت ما
پرٛژھم مےٚ تیٚمی أکی تٔمِس دؤپُم مےٚ
سُہ چھُم مےٚ عأ لی جناب واللہ
چھُ لولہٕ سٔری وُچھ قدم قدم میؤن
سماع چھُ بدلے مےٚ اضطرابس
چھُ لولہٕ پیکر سُہ میؤن خوشباش
دیٚتُس بٔہ گٔمی سنا خطاب واللہ



# غزل

چانہِ درشنہِ شاد سپدِ ہم زِندگی
بوزِ نا دَے کاش میٲنی لَے گژھی
چانہِ شہرُک صُبح کوتاہ سرمدی
بوزِ نا دَے کاش میٲنی لَے گژھی
میانہِ شہرکہِ شالہِ ماٗرُک شام از
پوشہِ پادن پوشہِ پۆزا ژیٚنے کری
زِندگی چھیٚنے اۆبرِ ژھایے زۆن زن
از چھےٚ آءِمو کاٗلی واپس ییٚیہِ گژھی
وولہِ زُوَو یتھ پاٗٹھی وونی اَسی زِندگی
کاٗلی لُکھ یُتھ اتھ دپن گیہِ بندٕگی
بے وفاٲیی کاٗلی نیری ءستی میٚنے
میانہِ پتہٕ ما بے وفا نظرے گژھی

لولہٕ سۆدرس لاے۔ تھاہ ہِتھ پأٹھی بس

آبہٕ لٔہرن یُتھ نہٕ اکھ رژھ پیَ لگی

گزل وقتن یاد چأنی چھم یِوان

یادِ ؤترِس سأل کرتہٕ بس رژھی

رۄٗپ منہٕ ِکس أنہٕ سہٕ چھِ واریاہ

وارِ وُچھ یۆد ژٕے پانس من پڑھی

ییٚلہِ پکان خوشباش زانہہ کاٹلی میانہِ بژ آندی

خأر پأٹھا ٲلو پڑِھاں چھُ سرسری

......☆......



پننہٕ سہ زانہہ وعدٕس ڈلکھ سوے روزِ وفہس پام ہو
پننہٕ ازل لأنس تہٕ وقتس ئلہٕ ژٕ دِکھ الزام ہو

چون موٗت یاوٗن چھُ میانین شوخ نظرن منز ژٕ چھِتھ
وش اگر ترٛاوکھ تہٕ اوٚش میونے کرکھ نیلام ہو

اَز ژٕ نے ما ٹلِو ٹارِ ترأوِتھ سورمہٕ چشمو اکھ نظر
اَز یمن بے لاگ زخمن ما کوٚرُتھ محلام ہو

میوٗن غم ژٕ پنتھ سیکیٖل صحراو اُبی آب گوٚو
چانٕی مانٛزوے نم وُچھِتھ اچھرن وُزیوو ابہام ہو

گوہ ژٕ ے پۆشن بر ہُنٛد شیٖہجار حُسنس مۆت بہار
وأ ٹسہِ ہُنٛد اکھ اکھ تبسُم وأتہِ نے انجام ہو

زندگی چھِ بے وسہ کیٛا خبر وُچھِ کُس پگاہ
شادماں خوشباشؠ روٗزِن خاص تے بیٚیہِ عام ہو

......☆......

# وژُن

سنہٕ گوم تنہٕ مارٕ متہٕ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
دِل نا چُھم تنہٕ وتہٕ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
رازٕ دِل چُھم للہٕ وُن ۔۔۔ باوُن گوم دشوار
ژھورمکھ نہٕ یارٕ کتہٕ کتہٕ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
وبسہٕ چھم گیلان مےٚ ۔۔۔ عار نو چُھے یِوان ژےٚ
روزٕ مےٚ درٕ چانہٕ پٔتھ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
ژےٚ نا رژھ ماے میأنی ۔۔۔ گاٚجتھس دأنی دأنی
باوِتھم ازٕلیچہٕ کتھ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
لولہٕ چانہٕ گٔییس بدنام ۔۔۔ ژھورمکھ شہرٕ تے گام
مسوَل گٔرتھس لِوٕھ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس
دیدارٕ چانہٕ خوشباش ۔۔۔ بنہٕ بٔہ چھم مےٚ آش
زانٔہہ ما آکھ تنہٕ رژِھ ۔۔۔ یَنہٕ بال مُشرأوتھس

# غزل

گٔمُتس پتہٕ ئہ دیوانے تیٚم کر یارِ جانانے

گنجم دشہِ لولہٕ استانے تیٚم کر یارِ جانانے

بدل تأثیر کتھن تہٕژن دِوان چھبس ؤنی وتن تہٕژن

نظر کر وونی مہربانے تیٚم کر یارِ جانانے

مےٚ دۄر بر چون چُھم زالن تھوٚکھنا کن مےٚ اوحالن

کوٚوو لوگتھ ژےٚ بیگانے تیٚم کر یارِ جانانے

دِواں زانٛہہ کأتی نظریوٚ دچُھکھ ژٕ لایان تیر دۄرے چُھکھ

چُھ نو شایاں یہِ مستانے تیٚم کر یارِ جانانے

سُہ خوشباش کیاہ خبر کوٚت گوٚو ژھرے کتھِ پیٹھ سُہ رۄشتھ گوٚو

سُہ چُھم شمع ئہ پروانے تیٚم کر یارِ جانانے



# غزل

مےٚ چانہِ پننہِ کٕے گوھان گُماں چھُ
یہِ میٲنہِ دِلکٕے عجب سماں وُچھ

مےٚ چانہِ باپتھ یہِ دِل بڑٕبمان چھُ
یہِ میٲنہِ دِلکٕے عجب سماں وُچھ

یہِ چھُے ژٕے مولوٗم مےٚ کیٛاہ چھُ منزِل
مےٚ چانہِ باپتھ جہاں ترٛووُم

یہِ شوق تنہا رواں دواں وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکٕے عجب سماں وُچھ

یہِ چاأنٛ مُرّوت چھےٚ چاأنٛ عظمت
یہِ زِندگی چھےٚ چاأنٛ عنایت

یہِ میٲنہِ لولُک ژٕ کاروان وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکۍ عجب سماں وُچھ

ازل تہِ ژٕے تہِ ابد تہِ ژٕے چھُکھ
زمین تہِ اَسمان ژٕیٚے تأبیا چھُے

اچھر اچھر چوٚن بجر لکھان وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکۍ عجب سماں وُچھ

دِلس مےٚ چھُم اکھ یہِ آرِزو بس
بٔہ کاش وُچھِہ ہتھ ژٕ روبرو بس

ژُلم دِلس شر اساں اساں وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکۍ عجب سماں وُچھ

ژٕ کُن تہِ کیوٚل قرار میٚونُے
سکوٗن لولس امار چوٚنُے

ژٕ سوٚنتہٕ ہوٚہَس ڈلان وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکے عجب سماں وُچھ

گوٗمُت ژٕ موٚت چھکھ گُلالہٕ باغس
زبر وَنس ژٕ پکان داءمنٕ

گُلن ذرا ژٕ ہَران وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکے عجب سماں وُچھ

خبر سٕہ خوشباش کتین چُھ تنہا
ژٕ واوِ ونِتس سوال میوٗنے

دوٚپُس ژٕ تشریف انان اناں وُچھ
یہِ میٲنہِ دِلکے عجب سماں وُچھ

......☆......

# غزل

موٚت چھُ یاوُن زندگی پروانہٕ بن
جاٲنۍ یارس لوٕلکی افسانہٕ ون

لتس خبر ماکتِھ مےٚ گدران روز و شب
زاگہِ روزِتھ پانہٕ لتس ہم خانہٕ بن

نیرِ کیٛاہ یوٚد گژھاوِ سوزکھ بے شُمار
پانہٕ پنہٕ نُے پانہٕ ژٕ درمانہٕ بن

از سہٕ شاید تژاوِ بر موے خانہٕ سےٚ
ساقیس ووتھ پانہٕ ژٕ پیمانہٕ بن

کُس پٔژن تے کُس پرٕد یِیتہِ زانہٕ ہن
زندگی ہنٛدِ پانہٕ ووتھ سامانہٕ بن

زانہٕ کھا دنیا بساوُن کژیوٗٹھ کوٗت
تھزرِ پیٚٹھ ژٕ یون وٕستھ تہہ خانہٕ بن

آہ کرکھ ینہٕ زانہہ ژٕ لتس خوشباشہٕ سےٚ
منٛزِلس واتکھ ژٕ لتس دیوانہٕ بن

# غزل

منٛز گۍ پٔنٛدرازٕ ییٚلہِ منٛز نووُم
اِڈ مےٚ بووُم یارن سیر
یامتھ پٔنٛز ئُ دِل رٔژنووُم
اِڈ مےٚ بووُم یارن سیر
بُستی بُستی پھل سومبرووُم
پھلہِ پھلہِ گُرمس ژٲرا جان
گربٹہٕ بل ییٚلہِ پتہٕ پھل پھٹرووُم
اِڈ مےٚ بووُم یارن سیر
سجود منٛزٕ ییٚلہِ وجوٗد گورُم
تورٕ آو آلو ألف لام میٖم
منٛزہِ ییٚلہِ اچھرن دِل پرنووُم
اِڈ مےٚ بووُم یارن سیر
لولکہ بازرٕ وان سجووُم

نفع نوقصانٕچ روزٕم کل

پان پٔنٕن تتہِ افسوس کھیوُم

اِدٕ مےٚ بوُم یارن سیر

تدبیر تقدیرس نا پوشان

أخر کھیٛاوان چھے افسوس

کل گٔرۍ گرۍ ییٚلہِ شاہ وزنوُم

اِدٕ مےٚ بوُم یارن سیر

لولہِ پٕنٕدٕرس ییٚلہِ پان بھنوُم

داوِ داوِ پن البسوُم مےٚ

پٕنٕدٕرس پتہٕ ییٚلہِ توسہٕ پھرِنوُم

اِدٕ مےٚ بوُم یارن سیر

آگر وانہٕ ییٚلہِ تن تنہٕ نأوم

من پرٕ نوُم نفی اثبات

گٹہِ پچھِ آکاش زوٗل کرٕ نوُم

اِدٕ مےٚ بوُم یارن سیر

شوقٕچ منقل ییٚلہِ وُہنأوم

دِل پرٕ نوٗوم اللہ ہو

لولکہِ مسہٕ ییٚلہِ پیٛالہٕ برنوٗوم

اِدٕ مےٚ بوٗوم یارن سیر

تگہِ تگہِ منہٕ گٔے باغ سگہٕ نوٗوم

خوشباشٓ سالس آم پٔوٚچھ کائلی

گٹہِ منٛزٕ نوٗرک گہہ تٔمی ہوٗوم

اِدٕ مےٚ بوٗوم یارن سیر

......☆......

# غزل

روے سمبم کُس پھیُر لگبم ییٚلہِ کاٲلی عملن ہا متیو
چھُم مےٚ أندری شر پیہوے دوہ رات کوٗرن ہا متیو

بے عمل چھُس واے روٗزم جاے گزاون ہا متیو
چھُم مےٚ أندری شر پیہوے دوہ رات کوٗرن ہا متیو

بے سیم و زر آسہِ پژبتھ الھا کم طوطِ آسن ٲلی گمتی
نے رزِم کاتھہ نے بزم آسہِ گرِدھ سوٗر کوہن ہا متیو

صوٗرتن افسوٗس للہِ وُن آسہِ پژبتھ کاتھہ حاٲرتن
پرِ گوھن گُل جایہِ جایے گیر آسن ہا متیو

کیاہ صُبح کیاہ شام آسُن ہاوسن گرٛھ فان یام
یار تے ہمراز سأری یام دۄرن ہا متھیو

نے زمانس نے مکانس آسہِ آویز کاتھہ بشر
وأتسہِ ہنٛد راوُن لبُن مٹہِ آسہِ اچھرن ہا متھیو

زادِ راہ آسم نہٕ کینہہ چھوٚن تہٕ نوٚن آسہِ میوٚن پان
حال سورٕے پان میونٕے آسہِ باون ہا متھیو

لولہٕ موٚت خوشباشؔ ژھارن دیدور تہٕ یار دوست
چون آسُن چأنی رحمت بے ولیہِ گارن ہا متھیو

ناوِ ییٚلہِ پتہٕ نم رٹم پانہٕ سُہ خیر البشرؐ
تژیشہِ ہتی ہے نظر تھزٕے چشمہٕ شیٚہلن ہا متھیو



# غزل

مےٚ دیٚتنم برہم جوأنی ہاے افسوس

مےٚ ما زأنم یہِ فأنی واے افسوس

مےٚ راوِر زندگأنی ہاے افسوس

مےٚ ما زوٗنم یہِ دنیا ژھاے افسوس

وجوٗدس وۄن دیُتٚم ما وأنس رأوِم

یہِ دنیا ما سوٗرم گرِ ڈاے افسوس

مےٚ پانس وۄن دیُتٚم کر گژاو روزِم

سوٚرم ما زندگی ہُنٛد نیاے افسوس

مےٚ نختے وأنسہِ للہٕ وِم ءکتی ہاوس

ئہ یُوھ کأرٕ پیوس پایس واے افسوس

ئہ موٚت گوس دزٕ یہس تے دٕہن تروٗم

مےٚ کوٚنچھُم واے اپزِس آنے افسوس

مےٚ کیٛاہ چھُم زادِ راہ چھُس چھوٚن تہٕ نبتھٕ نوٚن

مےٚ حقہٕ چی کون گنیم رائے افسوس
چھُ دنیا یُن گوٚھُن اکھ سلسلہ بس
توے زیرک تہٕ ووِلہٕ ویر وڑاے افسوس
مےٚ أٔسم ڈٕے تہٕ نفرت دوٗر تراوِنی
مےٚ ما ورتاٰو زانٛہہ ییٚتہٕ ماے افسوس
پٔزِس لتھ دِتھ بٔہ اپزِس لور رودُس
سوٚرُم دنیا مےٚ کر گرِ ڈاے افسوس
یہِ خوشباش کر دوان زٕو روٗد شکون
ووندٕکی سپر آو باواں واے افسوس



# لیلا

ئہ باوے حال دِلٕہ کی بوز زأری
دَیا کرتم دَیا چُھکھنا مُرأری
مُورتم لولٕہ برئمن ووٚنۍ مےٚ تأری
دَیا کرتم دَیا چُھکنا مُرأری
ہَجر کاسُم مےٚ ژٕرے از کرمہٕ لأرِس
پھولن پمپوش دِوٕ یتھ ڈلس میأنِس
ہوکھمن ناگن گژھم بٔیہٕ پوٚنۍ جأری
دَیا کرتم دَیا چُھکنا مُرأری
تھکبن مےٚ چون گوپال ناو چُھمنا
مےٚ اَسُن چون بوٚسرٕ تار چُھمنا
ئہ لاگے پوش پادن ژأرۍ ژأری
دَیا کرتم دَیا چُھکنا مُرأری
ژٕرےٚ جے جے کار اَسِن شکتہٕ رٕپس

ژ گیا ئنک گاش چھُکھنا شکتہٕ دِپس
ژ سنکٹ کاس چھُکھنا موٗکتہٕ دأری
دَیا کرتم دَیا چھُکنا مُرأری
ژ پالن ہار زگتُک یار خوشباش
گٹے منز نظرِ چانے شولہِ آکاش
مےٚ انٛو گرٛہہ پننہِ ستبن کاس خأری
دَیا کرتم دَیا چھُکنا مُرأری

......☆......

# غزل

دُنیاہ چھُ بٲزی گار ترٛاوُن یارِ ییٖ ٲخر
سنہٕ نے ییٖ آدم وارِ پانس بار ییٖ ٲخر
مَوہ توژھ دِواں دُنیا کران رَکتھ پٲٹھی چھُ غاٗفل
ہَنہٕ ہَنہٕ کران چھُ وارِ وَرفتار ییٖ ٲخر
دِپنس تہٕ دھرمس ستّی لَے تھو جاوِداں سپدکھ
چھُپے نا کران کاٗنسے وفا سمسار ییٖ ٲخر
تگہٕ نے کرِنی کچھ لرِ پنہٕ نے اِد مرکھ نہٕ زانہہ
شہرِچ بنی پتہٕ کاٗلی اِد انہار ییٖ ٲخر
دم زان غنیمت تہٕ گتھ کر پنہٕ نِسے پانس
دم سوٚرِتھے پتہٕ نا لوی کھٔنڈ ہار ییٖ ٲخر
دِے ترٛاو تہٕ سرِ کر ژٕ پیغامِ انسانی
آسُن تہٕ باسُن نتہٕ بنی شہمار ییٖ ٲخر
خوشباش روزکھ یوٚد سرَکھ زِندِ پانہٕ قبر ژٕے
زر کوٚت اُسِن چھُپے پتو بے کار ییٖ ٲخر

# غزل

وارِ وارِ اُخرس ییٚلہِ شام گوٚو
زندگی ہُنٛد راز اُخر عام گوٚو
ییتھ زمانس منٛز زوٗن ما سہل اوس
وارِ وارِ شہر ووٗنی ییٚتہٕ گام گوٚو
لول ورتوٗوم تہٕ زانٛہہ ما پوٚز کھوٚتُم
میون ییخلاص کیٛازِ ییٚتہٕ بدنام گوٚو
سوٗچ سوٗچی سوچہِ سیٚے میزان روو
یام نوٚن سُہ لولہِ گُے ابہام گوٚو
نیرٕ تے اَہریز آسن ییٚتہٕ وتن
تتہِ ونو کتھ سوکھ تہٕ کتھ آرام گوٚو
آشہِ نٕے ییٚتہٕ اُسی کم کم گُل پھولان
واے تتہِ احساس ووٗنی گمنام گوٚو
شہر شہر خوشباش بُستی ییتھ دپان
لول، سرِ بازار تتہِ لیلام گوٚو

# غزل

نِیاے عقلہِ ہشدی سراں روٗدُس
پأنٔی پانس تسلاہ دِواں روٗدُس

زِندگی سرِنٔ سہل ما اٲس
گاہ مراں تہٕ گاہ زُواں روٗدُس

وفا ژھورُم تہٕ گوس بدنام
شام و سحرس حِساب کراں روٗدُس

لول ارزاں سبٹھاہ اوس شہرس اندر
داغ ہیچِرکی مگر یٕہ چھلاں روٗدُس

أسی سرابو منز تہِ سلامت دڑاے
لولہِ شہرس پوش چھکاں رۆدُس

چھا دولابن لگان اند زندگی منز
پأنز پانس سوال یہِ کراں رۆدُس

میأنز شعرے چھِ پرزنتھ میأنز زمانس منز
شعر وِزِ وِزِ توَے پراں رۆدُس

کر سہ خوشباشی وقس گزاو گر میٔے
أنہِ زأنتھ تتھ وُچھاں رۆدُس

......☆......

# غزل

زِندگی چھِ سفرا سفرن اندر
پان آوُر تھوُن امتحانن اندر
زِندگی آزمائش تہٕ زانُن پزر
پان آوُر تھوُن امتحانن اندر
ییٚنہٕ زمانس مکانس کرکھ گژاو زانٛہہ
یہٕ چھُ دُنیاہ بساوُن مژر سر بسر
خوٚب روین کتھن چھِ شوٗبان سنگدِلی
چانہٕ نظرے گژھاں چھُ سحر بے اثر
یوٚ دژے روزی نہٕ زانٛہہ میانہٕ لولُک اثر
چانٛی ذِکرِے مےٚ پوٚشن شام و سحر
آسمانٕچ یہٕ عظمت گوٲہی دِوان
چانٛی قدرت چھےٚ کامِل نظر اکھ نظر

ہاوسن ہُنٛد سِلسِلاہ زِیوٗٹھ اوس

روٗدی شأمل تہٕ کاروانس اندر

لیس نہٕ روزان یاد آوری یارِ سٕنٛز

قند تہٕ نابد بناں تٔہنٛدِ باپتھ زہر

لیس تگاں معنہِ ژھارُن کتھن چانہِ نٔے

کامرأنی سٕہ پژاوان ہونر بے ہونر

مون خوشباشِ وفہک پیکر چُھ چون

وأنسہِ پوٗشن تٔمس چانہِ لولُک مژر

......☆......

# غزل

کتھِ کتھ گیہِ کتھ گیہِ دۏران
پتہٕ گیہِ بدلان بێیہِ حالات
نکھِ اۘستھ یێتہٕ وتھ گیہِ دۏران
پتہٕ گیہِ بدلان بێیہِ حالات
وَق آو سوران دِل گیہِ دۏران
شوق گرٛھان گۆو ہنہِ ہنہِ راۘسی
کم کم وولہٕ وپر اتھِ گیہِ مۏران
پتہٕ گیہِ بدلان بێیہِ حالات
بدلیۆو موسِم یامتھ ہر سو
تامتھ سوچس ڈۏل میزان
رنگہٕ مندوربن ییٚلہِ گیہِ لُہران
پتہٕ گیہِ بدلان بێیہِ حالات
ییٚنہٕ تمی یژھ کاٹلی موکھ پرٛۏن روے ہوو

تتہٕ گوٚو عالم فلواے زن
گٹہٕ گیہِ زٲیل ڈیشِتھ نوٗران
پتہٕ گیہِ بدلان بیٚیہِ حالات
خدلیہِ لگہِ نا وُزِنٕ وں نغمن
دِو بٕہ تہِ بنہٕ ہا بیٚیہِ خوشباشٕ
لولس لولےٕ ییٚلہِ آو سوران
پتہٕ گیہِ بدلان بیٚیہِ حالات

......☆......

# غزل

ژٕ خُدأیی جلوٕ گر چھےٚ آسمانس منز
وۄلہٕ گرٛھو أسۍ تہٕ شأمِل کاروانس منز

زِندگی تس چھےٚ باسان خانہٕ بدوشی ہٕنز
آسہِ یُس بساں کرایہٕ مکانس منز

آبہٕ رِکھ اکھ پکان بالہٕ داٗمنٕ چھہٕ یوٚد
چُھکھ ژٕ کتھ پیٹھ سمندرٕ کس گُمانس منز

درٕد مندی چھےٚ گأمٕژ وۄنٕ سبٹھاہ عنقا
پٔرۍ صوٗرٕژ زُوان چھ قأد خانس منز

کر پھُلَے لگہِ وۄں لولہٕ چمنس اندر
مُشکِ انٛبر ژھٹاں یِیہٕ جہانس منز

دِلچ دُبراے خوشباشؔ چھُم عالمس
زِندگی انہار رۄٹ نۆو زمانس منز



# غزل

بدل بدل کرٕو کتھا ستھا گوٚھان چھہِ چانہِ ستیٚ
یہِ کیٛتھ شہر یہِ رکوٚھ وتھا ستھا گوٚھان چھہِ چانہِ ستیٚ

یہِ کیٛتھ سماں چھُھ نصف راٗژ کھسان چھُھ سری یہِ زوٗن نہٕ
یہِ رکوٚھ دوٚہل یہِ کیٛت شبا ستھا گوٚھان چھہِ چانہِ ستیٚ

اچھر اچھر سوٲلی زن مگر موٚنگس نہٕ توتہِ زاٗنہہ
الگ الگ پٔنن مدعا ستھا گوٚھان چھہِ چانہِ ستیٚ

ژوپور گرِد تہٕ واوِ لنٛی ووداٗسی گوٚمت بشر بشر
نہٕ چھُکھ سکوٗن نہٕ فرحتا ستھا گوٚھان چھہِ چانہِ ستیٚ

بستی چھےٚ دوٗر دوٗر تام شہر چھِ گام گام تام
دِلن یہِ رِکژھ کدوٗرَتھا ستھا گرٛھان چھِ چانہِ ءستی

شٕہج شٕہج مُٕوِج مُٕوِج سمن بلچ سو برٛمجہِ گٕج
پتھر پیٚمو زن رأیلاہ ستھا گرٛھان چھِ چانہِ ءستی

ونان جواب سوالہِ نٕے پٕژن سٕہ خوشباش چھُ از
دپان پزٕر چھ مٕتی کتھا ستھا گرٛھان چھِ چانہِ ءستی

......☆......

# غزل

زمانن ئہ دژۆ گرووِنس دوستو
زمانن ئہ سڑۆ گرووِنس دوستو
زمانن دۆپُم چانٛئِ عرضتھ چھِ کیٛاہ
زمانن ئہ مُشکووِنس دوستو
زمانن زمانٕک مےٚ سِر بوونم
زمانن ئہ ازمووِنس دوستو
زمانن مےٚ کوٚر پوٗشہِ ورشُن وتن
زمانن ئہ چھٔوروِنس دوستو
زمانن دۆپُم چھکھ ژٕ ارزاں سبٕٹھاہ
زمانن ئہ وٕنہہ کھیٚووِنس دوستو
زمانن تھووُس قآد یژھ کال تام
زمانن ئہ موکلووِنس دوستو
زمانن مےٚ دِژنم سَخ ناما وٗری

زمانن ئہ مُشر وونس دوستو
زمانن مےٚ شوقس ویٚتنم وُتش
زمانن ئہ بزمہٕ رووُنس دوستو
زمانن دۄپ ٹوٗٹھ چھُس ذاتہٕ سےٚ
زمانن قسم ہوونم دوستو
زمانن بر ترٛأوی موے خانہٕ سےٚ
زمانن ئہ خود چوونس دوستو
زمانن مےٚ دۄپنم خوشباش چھُکھ
زمانن ئہ مولہٕ نوونس دوستو

......☆......

# غزل

دم پھُٹۍ مے گوٚو احساس از ڈیشتھ یہِ أزِچ راتھ
واُناکھ ونوپتھ ئہ ژلہِ ہا چھسم نہٕ ءکہنز باتھ

ئِج زوٗن درس واے تارکھ لوٗسی نبس ژھائے
ارمان وٕٹسی گۓ تہٕ چشمن تام ئِج وٗہراتھ

ہُتھ اُنہٕ خانس اُنہٕ کتہِ پھُٹۍ ئلی یہِ بڑ ہماہ چھم
اتہِ اُنہٕ وُچھن واُلی وُچھان عین کراماتھ

اچھرن نہٕ مانہ ونوٗد تہٕ قلان زیو چھےٚ جنونس
کترِم پنٕنز ہاوٕس تہٕ توے چھسم نہٕ پنٕنز زاتھ

گُس تام پران شوقہٕ غزل کاثہہ چھُ دپان واے
ہُتھ دارِ ہنگس نشہِ ئہ پرٕ ہاتوتہِ مُناجات

یہِ چھُ شوق مرٕ ھیل یُس چھُ داراں سینہٕ طوفانن
منزل چھُ بے پڑھ واتہِ گُس کرآسہِ سُہ گُس ساعت



# موج

چانہِ دوبہِ خاۓر میون یاوُن موج باغس زن پھُلے
لٲنی نیاۓکو سرِ ژےٚ باوٕنی چانہِ دُعایہِ خاۓر ئہ بلے

چانہِ نظرے پوش پھولنم برجستہٕ ببرے باغہٕ سے
چھُم جنت چانین کھورن تل کرنظرےٚ زُو وندے

جنتُک راحت ژےٚ اُسنِ خوش خدا تتہِ تھاوی نے
حورِ گری نے دایہِ تون تتہِ بیٚتہِ آسہِ ہر سو زلزلے

چانٔی مروت چانٔی عظمت جنتُک شہجارزن
اکھ قدم ٹھہراوتم ئہ خاک پادن ہنٛز تُلے

یاد چانٔی چھم یوان بیٚلہِ دارِ چھُم ےٚ اوٚش وسان
چون دیدار خابہٕ سے منٛز چھُم تمنا کرلبے

ژٕ ےسرن سرپوش أسکھ ژٕ ےمےٚ أسکھ زوتہٕ جان
چون راوُن کریٚوٚٹھ کوٚتاہ کوٚت وٕں ڈٕ بکہٕ لُأنس ژٕ ئے

سأنی ھمراز سأنی ھمدم ءکۍ أسکھ بے مثال
زندگی خوشباشٕ أس چانہٕ ءتی پرٕتھ مرحلے



# غزل

## تظمین

(دِل بندِ دِل آزار دِلارام نگارو)

ژۄل ماژِ مہرِینہِ ژھل گرِتھ گلفام نگارو
چھبس چانہِ پُژھی پد مأنی مٔو بدنام نگارو

وۄتھ لرزِ فلکن چاک گیہِ بُتراتھ ژھٹان باکھ
سرِ راہ کۄرتھ لولس ژے یِیلہِ لیلام نگارو

لولس چھےٚ پنٕنی تیٚہ تہٕ عشق مانہِ کُمس ٹھٔری
چھُم ژٕدسہِ کرہِم کیٚاہ مےٚ اکُے جام نگارو

شہرن اندر مندورِ کڈان کاڑ، مراں سوکھ
تیٚمہِ سیکلہِ کُس سأراب گۄو از تام نگارو

لچھ پردٕ ژٕٹتھ نیرِ وونٕدچ دَگ تہٕ پھولبس سونتھ
رندس چھُ بدل صُبح بدل شام نگارو

# بہاریہ نظم

دِل رچھان از شالہِ مأرن سوٗنتھ آو
جل قُمری، کوٚستوٗری بولن سوٗنتھ آو
نوبہارس گٔمی سنا گُلو میوٗٹھ کوٚر
لولہِ سان بُترأژ گٔمی دامانہِ جوٚر
یوٚڈ قرارا بے قرارن سوٗنتھ آو



اَز چھِ چھےٚ مسول پان پأران شوقہِ سان
عاشقن بے عار لأگِتھ کھش کران
اَز حسینن بوش کھاران سوٗنتھ آو



دیُتھ یہِ مضراب لولہِ سازس گٔمی سنا
دامہِ اکہِ مخموٗر کوٚرنس گٔمی سنا
شوقہِ سان اَز ژھالہِ مارن سوٗنتھ آو

اَز چھُ بُلبُل پوشہِ چمنس گژھ کران

جایہِ جایے باغنٕے کوسم ہران

از بیاباں شولہِ ناون سونٛتھ آو

......☆......

اَز چھُ تلمُت آبشارو گژبز گُنے

اَز چھِ باغن پوش پھٔلی ہتی بیوٚن بیوٚنٕے

لولہِ للہِ واں لالہِ زارن سونٛتھ آو

......☆......

ڈل بُٹھن پیٹھ وولہِ سنس آمُت بہار

اَز حیاتس رنٛگ بران پروردِگار

پوشہِ مرگن سبزٕ زارن سونٛتھ آو

......☆......

اَز چھُ گژاون پھیٚر دِوان زن پربتھ اکھاہ

اَز گوٚمُت عاشق چھُ ماشوقس فدا

جام وصلکی پانٕہ چاون سونٛتھ آو

......☆......

سونٛتہٕ واون مست مدہوش کوٚر فِضا
اَز دلن فرحت دوان کیٛاہ چھےٚ ہوا
رازِ حق از شوقہٕ باون سوٚنتھ آو

......☆......

از دجبن ڈوربن تہٕ وُڈرن شاُدِیان
از چمن خوشباش بُلبُل بیٚیہٕ گبوان
اَز رِندن مس بأگراون سوٚنتھ آو

......☆......

# میٲنۍ وطن

شٲیِنہٕ مٲنہٕ یتھ چھےٚ پاد چھلان
سہٕ چھُ میٲنۍ وطن، سہٕ چھُ میٲنۍ وطن

ییٚتہٕ باغن تہٕ مرگن پوش پھولان
سہٕ چھُ میٲنۍ وطن، سہٕ چھُ میٲنۍ وطن

یتھ پیٖر وارِ ڈبکہٕ ٹِکہٕ حضرتبل
تتہٕ عاشق ووندٕ نے کاسن مل

ییٚتہٕ بُتراُژ دستگیرؒ مُشکاوان
سہٕ چھُ میٲنۍ وطن، سہٕ چھُ میٲنۍ وطن

ییٚتہٕ امنک آگر نُندٕ ریوٗشؒ چھُم
ییٚتہٕ للہٕ واکھن ہُنٛد گژبز بیٚیہٕ چھُم

یێتہِ ویتھِ ہُنٛد آگر وونۍ گڑبڑاں
سہ چھ میٲون وطن، سہ چھ میٲون وطن

یێتہِ علِمُک تہٕ عِرفانُک آگُر
کوہِ ماراں یێتہِ چھ گاشہِ آگُر

یێتہِ امنس پڑبتھ کانٛہہ چھے گاران
سہ چھ میٲون وطن، سہ چھ میٲون وطن

یێتہِ ماج بھوانی مِلہٕ ژارس
لولہِ للہٕ واں ہردم بأے چارس

یێتہِ پربت بھگتین چھے گاران
سہ چھ میٲون وطن، سہ چھ میٲون وطن
یێتہِ دِوٕیَن ہُنٛد اندازٕ بدل
یێتہِ وورسن ہُنٛد انہار بدل

یێتہِ مِلہِ ژارس تہٕ وُنی چھِ دِوان
سہٕ چھُ میٲنۍ وطن، سہٕ چھُ میٲنۍ وطن

خوشباش چھُ گاران یتھ وطنس
تتہِ پوش پھولان چھِ پزٕ بتھ قدمس

یێتہِ ڈٕل بٹھِ وُچھ پمپوش پھولان
سہٕ چھُ میٲنۍ وطن، سہٕ چھُ میٲنۍ وطن

......☆......

# میٚون وطن

وطن میۆن ہی تھربن ہُنٛد سبزٕ زارا
وطن میۆن جا بہ جا چھُ گُلعذارا

وطن میۆنۍ سگۆو للہٕ ماجہِ ، نُندٕ ریٚشو
وطن میۆن علمِ وعرفانٛک شہارا

ہران کوسم چھِ ہرجا یتھ ژوپٲری
وطن میۆن سُے نشاطا شالہٕ مٲرا

چھُ حبہٕ خاتوٗنہِ ہُنٛد یہِ روپہٕ مالِنۍ
وطن میۆن کونگہٕ واربن ہُنٛد نظارا

لبھان آزاد ، مہجور، نغمہٕ تیٚمی ہشدی
وطن میؤن غمزدن سُے غمگسارا

تیٚمس کۆر پان ارپن شالہٕ مأرو
وطن میؤن شولہٕ وُن سُے لالہٕ زارا

تھوِن خوشباش جہانس ذاتِ بأری
وطن میؤن یِی چھُ للہٕ وان بۆڈ امارا



# غزل

خاموش سحر دِل چھُ بڑ بمان اوٗش تہٕ دزان رۄد
پمپوش ہران ڈل چھُ رِواں شوق رچھاں رۄد

کتھ رۄز باقی زندگی انہار بدل رۄٹ
ہُمہٕ بالہٕ وسان شوق تہٕ یِمہٕ بالہٕ کھسان رۄد

سو نہاٗری کتھن شوبہٕ ہن تعویز کرٕنی لیس
لتس شڑاکھ ہبتھ ذاگہٕ رۄزِتھ شہر دپان رۄد

فضا چھُ باسان نغمہٕ سرا گوٚژھ نہٕ طوفان یُن
پُپس چھُ رفتار سۄت تہٕ مگر توتہٕ کھساں رۄد

بُستی چھِ رَنگہٕ مندورِ دزاں دُہی چھُ وۆلمُت نال
لدنس تہٕ لُرِنس کیاز تِمس آے ہُران دۆد

یامتھ سپُن ییٚتہٕ خمہٕ زن بہار لنجبن پیٹھ
پوپُڑ گُلالن گلو زِ گنڈِتھ گرِ یہٕ کراں رۆد

پربتھ کأنسہِ دلس پیٹھ چھُ باساں گردِ کدورت
سُہ نہٕ أنہٕ باساں توتہِ وق تتھ أنہٕ دپان رۆد

ہُتہِ ذٕدسہٕ لدس ذٕدسہٕ ییٚتہٕ صحراوٕ کڈان کاڑ
سراب گۆو سراب مگر توتہِ پکاں رۆد

......☆......

# یہِ رِکڑھ راتھ

نبَس نہٕ زون از تابان
اما یہِ رِکوٗھ رات
سأری چھِ پرَان الامان
اما یہِ رِکوٗھ رات
زٕگتس چھُ لوٗگمُت شاپھ زن
جاناوار ژھینٛپن ژاے
صحراو تہِ چھُ کاڑ کڈان
اما یہِ رِکوٗھ رات
اچھرن چھُ راوان مانہِ
میل گروٗھان رأسی
اچھر اچھر وُچھم دپان
اما یہِ رِکوٗھ رات
لتہٕ گتھ چھُ گوٗمُت تھامہِ واے

زگتس چھِ پدٕبن آخ
تقدیر تدبیرس چھُ اسان
اما یہِ رِکوٗھ رات
أنِس مےٚ لیٚوکھمُت کیٛاہ چھُ
لکبھن وأنی؟ ونہم گُس
یژھِ کال گوٚو صحرأوی پکان
اما یہِ رِکوٗھ رات
خوشباشؔ روز غم مہِ بر
یہِ چھِ وتھ تہِ کتھ پیٚوٚھے
وولہِ روز رو بہِ سُنٛد ناو سران
اما یہِ رِکوٗھ رات

......☆......

# عید رؤف

اَز سبٹھاہ یٔژھ کأ لی باہم کتھ کرو
عیذ ہشد نذرانہٕ لولس از دِمو

کر قرارا یاٗدِ وٗترِس پھیر دِمو
عیذ ہشد نذرانہٕ لولس از دِمو

زِندگأنی چھُم امانت یارِ سٕنز
زانہٕ تقدیر کر دُبارے بیٚیہٕ سمو

زندگأنی ژٕے ورأے مانہٕ کٔیاہ
رازِ دِل اَز لالہٕ زارن مٕنز سرو

دعایہِ خأرن از اجابت أسہِ نے
تی ئِبن یہِ ذاتِ پاکس از منگو

مُو جوأنی زندگی ہٕژ پوشہِ نے
اَز دُعایہِ عید گاہن مژ کرو

لولہِ شہرس ستھ امارن پوشہِ نے
آغہِ ہِنٛدِ دربارِ یِکھنا ڈٔشو گنڈو

زندگی خوشباش بنہِ بیٛیہِ مانہِ سأو
آیہِ فُرقان آیہِ آیے از پرو

......☆......

# عیدرۆف

اَز سمو یژھِ کاٲلی وینسی یے وولہٕ گنڈو ڈٕری آیہٕ عید
لولہٕ تھٕنڈے باغ وسہٕ وے تٕتی پرو ہُری آیہٕ عید
گُلشنس منٛز گُل وِسان از چھِک ہران کوسم وُٹھن
لولہٕ سان اَز دِل ہشارن پیالہٕ بُری بُری تھاوِ عید
واوِ صُبحکہِ کر ژےٚ وۆننے انتظارس لگہِ مےٚ اند
پان پرِتھ چھبس زلیخاہ جام وصلکی چاوِ عید
دِل بلن تے ڈٕدونن از گُل پھولن نا چانہٕ ستی
صد مبارک دِل رلن از دوٗر گیہٕ ژُھری آیہٕ عید
دِل امارن چاٲنی وۆلنم چھُم نہٕ آرام داٲنی مےٚ
چانہٕ باپتھ واٲنسہٕ وادن شوق رٕچھی رٕچھی تھاوِ عید
موٗت گوٗمُت خوشباشؔ ڈیوٗٹھم لالہٕ زارن اُدی اُدی
واوِ ساٲرِس یاد پاوان واوِ گری ہتی آیہٕ عید

# عید رۆف

رٕحمتکی دَرواز وٕتھی گے آیہِ عید
لولہٕ کُے پیغام باوان آیہِ عید
یتھ دپان تقویٰ تہٕ رازِ زندگی
سیرِ حق سُے پوٗرٕ باوان آیہِ عید
تارکو چُھ سال کوٗ رمُت مسوٗلن
محفلن از بیٚیہِ سجاوان آیہِ عید
از سمن شیرین فرہاد لولہٕ سان
دوستدارن ستھ امارن آیہِ عید
از زمینس آسمانس شأدی یان
نوبہارس شولہٕ ناوان آیہِ عید
پاکبازن عأرفن تے موٗمنن
عیدی یانہٕ باگراوان آیہِ عید
عید گاہن منز سمن از یار دوست

وعدٕ پژأنی یاد پاوان آیہٕ عید
لولہٕ پیکر از بٔنیمتی یار یار

دِے تہٕ نفرت تژاوناوان آیہٕ عید
خوش گوھان ڈٔیشتھ مَلک چھِ از زمین

خوابنے تأپر باوان آیہٕ عید
دُعاے خأرن چھیٚے اِجابت از بنان

رحمتکی درواز تژاوان آیہٕ عید
از فِضا خوشباش باسان شہر و گام

گاٹہٕ جارس آزماوان آیہٕ عید

......☆......

# عیدرؤف

لول بأگراوان عید آیہٕ وێسی یے
عید آیہٕ وێسی یے
دِل سنٛبھلاوان عید آیہٕ وێسی یے
عید آیہٕ وێسی یے
روزٕ دارن چھُ از ذاتِ حق رأضی
ذاتِ حق رأضی
حورٕ چھِ ہُری پران تٔہنٛزٕ کار سأزی
تٔہنٛزٕ کار سأزی
گٹہٕ گأشراوان عید آیہٕ وێسی یے
عید آیہٕ وێسی یے
ماہِ کنعان از جلوٕ آو ہاوان
جلوٕ آو ہاوان

شوقہٕ از زلیخا پان پأراوان

پان پأراوان

دِل تثبلاوان عید آیہِ ویٚسی یے

عید آیہِ ویٚسی یے

کینہٕ ترأوِتھ از سالہٕ ییہِ دِلبر

سالہٕ ییہِ دلبر

شوقہٕ تہنٛدِ گرٕی مےٚ پوشن انبر

پوشن انبر

نورٕ پرٕو ترٛاوان عید آیہِ ویٚسی یے

عید آیہِ ویٚسی یے

رنگہٕ رنگہٕ نیأمو پیش کش تھاوس

پیش کش تھاوس

لولہٕ سان وونٛدکی سپر پتہٕ باوس

سپر پتہٕ باوس

مانہِ از پراوان عید آیہِ ویٚسی یے

عید آیہِ ویٚسی یے

شوقہٕ چانہٕ ژٕری گنٛڈی ہر جایہٕ ویٚسی یے

ہرجایہٕ ویٚسی یے

مایہٕ چانہٕ خوشباشؠ ہُری پری ویٚسی یے

ہُری پٔری ویٚسی یے

رازِ حق باوان عیٖد آیہٕ ویٚسی یے

عیٖد آیہٕ ویٚسی یے

......☆......

# عیدِ رؤف

گاٹہٕ جارس مولہٕ ناوان آیہٕ عید
صد مبارک عیدِ قربان آیہٕ عید

عاشقن دِل تنٛبلاوان آیہٕ عید
صد مبارک عیدِ قربان آیہٕ عید

جذبے ایثار چھُ پیغام عید
لولہٕ سان بێیہٕ یاد پاوان آیہٕ عید

حضٕ خلیلس خوابسے تعبیر دڑاو
از گٹن بێیہٕ گاشراوان آیہٕ عید

از چھُ گوٚمُت لول لولس پتھ فدا
مس موٚدُر از بأگراوان آیہِ عید

ویٚسہِ تہٕ سٔدرے سپر باون پانہٕ وأنی
وعدٕ پرأنی یاد پاوان آیہِ عید

عید گاہن منز سمن از یار دوست
از حدیثن مانہِ باوان آیہِ عید

بے کسن یِم دِل رچھن از لولہٕ سان
دِل تِمن خوشباش تھاوان آیہِ عید

......☆......

# عید رؤف

پرتوِ انوار ژاوان آیہِ عید
زِندگی ہندی سپر باوان آیہِ عید
رحمتُک بیٚیہِ سایہِ ژاوان آیہِ عید
زِندگی ہندی سپر باوان آیہِ عید
موٗمنن از پیٛالہِ بردآری کران
لولہِ مس بیٚیہِ بأگراوان آیہِ عید
شأدی یانن گنڈ مُؤر از ذاتہِ نے
رٕحمتکی درواز ژاوان آیہِ عید
آرِزوین تا بدامان گُل پھولان
رُوح مُعطر بیٚیہِ بناوان آیہِ عید
جذبہ ایثارٕ چی یہِ ڈألی از
عید گاہن بأگراوان آیہِ عید

یار یارن از چھِ باوان سپر از
وعدٕ گرٕ ہتۍ یاد پاوان آیہِ عید

نوٗن چُھ گومُت از خُدایی ہُنٛد ظہوٗر
کوہِ طوٗرس یاد پاوان آیہِ عید

بر کرم آٮ۪مو عنایت ذاتہٕ سٟنٛز
لولہٕ باغکۍ پوش چھاوان آیہِ عید

بندگی منٛز زِندگی خوشباش وُچھ
لولہٕ دفتر سٟے سجاوان آیہِ عید

......☆......

# بونہِ شۄہجار، لول تہٕ آدم گری

بونہِ شۄہجار، لوِل تہٕ آدم گری
میانہِ گامے تم گمتۍ عنقاہ چھِ ووٚنی
زِندگی بیٚیتہِ پوشہ ؤتھرن لأرأس
پایہِ بڈٕیوسہٕ عاچھ رێش وأرأس
تہٕ گرٕ بزٕن مشر پھ گوٚمُت چھ زن کولن
اہرٕ بلہٕ کمِن آبشارن بیٚیہِ دپن
شاپھ لوٚ گمُت بولبوشس بُلبُلن
ٹھاک آمُت گاٹلِن چھ بیٚیہِ کتھن
تہِ حسیٖن باگہِ آمِو سنگدِلی
بونہِ شۄہجار، لوِل تہٕ آدم گری
میانہِ گامے تم گمتۍ عنقاہ چھِ ووٚنی



دارِ برترٕ ؤ پرتھ حسینن سنگدِلن

دؤ رِرُک آزار عاشق کتھِ زرن

زألی پنجرن پردٕ کمی یہِ ترٕ اُوی نکھ

لولہٕ برنبن تأری کمی یہِ تھوی نکھ

ئندی جبہٕ ڈلن ہام پیمو پوشہِ نیٕ

نَے چُھ بُلبُل یِونہِ سوئتے توشہِ نیٕ

جل، قُمری، کوٚستوٗری باسان گلی گمتی

لولہٕ والبن یم کران اُسی دِلبری

بونہِ شیہجار، لوِل تہٕ آدم گری

میانہِ گامے تمٕ گمتیٕ عنقا چھِ ووُنی



گأشراواں گاشہِ آگُر ازتہِ چُھ

سیر باواں ییتہِ علمدارٗ ازتہِ چُھ

ییتہِ سِیاہ رأژن سنگروونی کرِ پھولن

شاءلمأرن پوشہِ ورشُن کرِ کرن

وولہٕ کرَ وعرضی ووں آغس تُسی منگو

لولہٕ سان ہیٚیہٕ کوہِ مارانس کھسو

زِندگی پأر راو کرنے ووٚتھ گوٚھو

ذاتہٕ سٕنٛزٕ أسی بڈٕ عنایت وولہٕ سرَ و

درگاہن منٛز ہیٚیہٕ دروٚ داہ أسی پرَ و

رٕحمتکی درواز یکدم وٚتھی گوٚھن

غم تہٕ اندیشہِ کائیناتس یُتھ ژلن

زِندٕ سپدن لولہٕ عاشق مُری مُری

بونہِ شیٚہجار، لولِ تہٕ آدم گری

میٛانہِ گامَے تمہٕ گمتی عنقاہ چھِ ووٚنی

......☆......

# آرِزو

یادٕ وٕ ترِس

پھیُر دِواں سونچان چھبس

سونچان چھبس تہِ سورُے باوٕ ہے

ہاوس ییمیک للہٕ وان گوم

وأنساہ گیم وقتاہ گوٚوُم

مگر......

مگر سماں ماروِیی چھُم

اکھ آرِزو چھم

تِتھین لفظنٕے ہُنٛد

گوٚژھم لفظٕ راشا

نہٕ ییم کأنسہِ از تام

آسن وُٹھن پیٹھ

نہٕ آسن کانٛسے
باوٕ ژ بلس منٛز



سونچان چھبس
صبحِکس واوس

ترٛاوِ
تیز قدمن اندر
تیٚتھ کانٛہہ پازیب
یُس
یُس وُزناوِ دِلن
سنٛبلاوِ دِلن

تہٕ
شیٚہلاوِ دِلن
سونچان چھبس
شامہٕ ژِھمبرن
ترٛاوِ گنٛڈ عطرے جامہٕ نے

لولہٕ سان پأراوکرٕ بیٚیہٕ زُلفنٕے
آسمانکین تارکن کرٕ عرضِیاہ

زوٗنہٕ گاشس

نصف رأژن منگہٕ دُعا
بنہٕ اِجابت آلوَن یتھ اکھ داہ
نۄرٕ وُزمل خابہٕ نٕے ہٕنز نیرِ ژنٕز
وقتہٕ کِس ژٕکرِس دِیہٕ

نۆو طرِح

آرِزو چھم
بس اکھ آرِزو چھُم

حالِ دِل

باوٕنِکس امارس گۆژھ
کانٛہہ چارٕ بنٛن
اِشارن اندر کانٛہہ استعارٕ بنٛن
خوبصوٗرت کانٛہہ علامتھٕ بنٛنٕ
نہٕ وۄنمت نہٕ سۆ رمُت

نہ وُچھمُت نہ گوٗ رمُت

نوٗ وُ ے کانٛہہ اِشارا

نوٗ وُ ے لفظِ راشا

پا ے ہوٗسی کرُن

آرِزو چھم

تِتھٕن لفظِنے ہُنٛد

جِستجو چھم

تِتھٕن خیالن ہُنٛد

یِم کنٕن وبگلاوِ ہن

خابن تاپیر بنہِ ہن

تہٕ

امارن جاوِداں کرِ ہن



# غزل

اکہِ شوقہِ نظرِ ہتئن بزمہِ روونس زمانن
اوٗش دارِ دارِ ترٛووُم دِل ہِشل سۆدُر بنووُم

ییٚتہِ برٛی یہِ زوٗن تارکھ ووش واے میٲنی زانن
ژ ییٚتہِ کر شُمار تھووُتھ میٚتہِ کر حساب تھووُم

یہِ چُھ پۆز زِندگی ہُنٛد حدِ روٗس امار اوسُم
تتہِ حاٲرتن گوٚمُت چُھس ییٚنہِ معنہِ پرزِنووُم

لوگُتھ ہتل تہِ ہانٛژول اچھرن تہِ معنہِ روٗوے
کمہِ ساعتہِ کیٛاہ مےٚ گدریٖو ژولُم تہِ آردووُم

کیٛاہ کیٛاہ گوٚژھے ژٕے آسُن پُر شوق زِندگی روٗس
مدٕماٲتی جلوٕ باپتھ دُنیاہ پٮٚن مِتوٗم

قول و قرار موشرٕتھ دِل کر روٗ چھُتھ ژٕے میٛونے
شیٖشس مےٚ سوٗر سپدیوٗ و صبرس قرار روٗم

وُتھٕ تٔلی اسُن تہٕ ووٚشلُن عُنوان نوبہارُک
ژھلِ کوٚر مےٚ نو بہارن نتہٕ کر بہار چھوٗم

دِل آنہٕ زان خوشباشؔ یہِ چھُ فالنامہٕ وقتُک
گونہَن تہٕ نیٚیہٕ ثوابن نتھے شُمار تھوٗم

......☆......

# Achhar Achhar Sawāl !



*Kashmiri Poetry*
*By*
**Wali Mohammad Khushbash**



By Now, Wali Mohammad Khushbash has established himself as a poet in his own right. His verses revolves around the themes of his own choice. His poetic outpourings are not shaped by his surroundings. The poet looks at his surroundings in his own way which in result move the poetic impulse within him. That way we may say that he creates his own world.

Khushbash's poetry is true to his name penname. We see nothing negative in it. His poetry is all about hope , beautiful landscape, humanity and his tributes to the great personalities who he wants us to emulate. We do not feel pessimistic after reading his poetry, nor do we give up in the face of hardships in life. He finds good in every thing the life throws up before us. Such a vision about life is something that needs to be read and appreciated for its sake and far the sake of our own emotional health.

Above all this his poetry is friendly to the musical meter. Many of his compositions have been beautifully sung by celebrated singers of Kashmir.

I hope to see more of his verses in near future.

**Dr. Abid Ahmad**
**Editor**
**Sheeraza English**
**J&K Cultural Academy Srinagar/Jammu**

Design & Printing By:
Al-Hussain Printers
Wathora Chadoora # 9419501129,9596076141
Email: alhussainprinters111@gmail.com